| | | |
|---|---|---|
| کتابہٕ ہُنٛد ناو | : | زریں زخم |
| مصنف | : | دیبا نظیر |
| گوڈنیک چھاپ | : | ۲۰۱۷ء |
| تعداد | : | ۳۰۰ |
| مول | : | ۲۵۰ روپیہ |

کتاب میلنک نیب:

گُلشن بُکس لال چوک سرینگر ۱۹۰۰۰۱

کتاب گھر، مولانا آزاد روڈ، سرینگر ۱۹۰۰۰۱

پبلیشر

۱۹۹ ایڈٹ آئی ٹی

دُرجن، ڈلگیٹ، سرینگر کشمیر۔

# انتساب

پنٕنس ٹائٹھس مأیلس

محترم این ۔اے ۔نظیرٓ یمو میٚہ رہبری کٔر

تہٕ

پنٕنہِ ووستاد

پروفیسر نسیمؔ شفائی

یمو میٚہ قلم ٹلنہٕ باپت حوصلہٕ بخُش

ہٕندِ ناو

دیبا نظیرؔ

# اۄ برس ژھایہِ پڑٕ زلوٕنی زۄن

دیباجی ہتی گونہٕ مے وُنہٕ ذاتی تہٕ معنوی مُلاقاتس زیادٕ وَق۔ یمے ستھ اُٹھ وُری آسن گامتی یِیلہِ اَکہِ دوہہ کشمیر یونیورسٹی منز گاندھی بھونس برونٹھ کنہٕ اَسی دوشوے اُکی ہے کُلِس تَل بہتھ سیمنار شروع سپدنک انتظار آسہٕ کران۔ اَکھ اَکس ہتی تعارُف کران لوٗگ پتاہ زِ اَسہِ دوشوٕنی چھُ کاشُر سبجکٹ تہٕ دوشوٕنی چھےٚ محترمہ پروفیسر نسیم شفائی صاحبہ اُستاد تہٕ تمہِ پتہٕ لوٗگ مےٚ پتاہ زِ دیباجی چھُنہٕ صرف لیکھنس ہتی لوے کھوے بلکہِ یِیلہِ مےٚ اُمی ہنز افسانہٕ سۄمبرن "زرین زخم" پٔر۔ مےٚ سپُد دل سٕٹھاہ شاد زِ دیباجی چھےٚ اَکھ سنجیدٕ تہٕ باشعور افسانہٕ نگار یوسہٕ پننین ذاتی تجربن تہٕ اَندی پکھی سپدن والین مُشاہدن ہنز بھرپور عکاسی کٔرتھ پرٛنتھ کانٛہہ افسانہٕ پننہِ ہونرٕ ہتی گٔرتھ تہٕ ژٔرتھ پیش چھےٚ کران تہٕ پرن وٲلِس چھُ اَکس عام گتھہِ تہٕ اَکھ رِدھم تہٕ سُرود پرٛنس یِوان۔ کانٛہہ تہِ افسانہٕ پران پران چھُ باسان پرٛتھ کانٛہہ کتھ چھےٚ اَکہِ سرٕ رنہِ اُداسی ہنزِ کوچھِ منز دژاہرٕ مگر لفظن ہُند قرینہٕ تہٕ محاورن ہُند انتخاب چھُنہٕ افسانس منز پژمردگی ہنز کیفیت پاد دِوان گژھنہٕ۔

دیباجی ہنز زیرِ نظر کتاب ''زرین زخم'' چھےٚ اَمہِ ہنزِ افسانہٕ نگأری ہنز گوڈنیچ

کوٗشش اَستھ تہٕ پأنۍ پانس منزٕ اکھ مثال۔ تِکیازِ کانہہ تہٕ لِکھأری چھُ پانس اندراوبر تہٕ

گوبر وچھتھے کانہہ تہٕ ادب پارٕ قأریس بروٗنہہ کنہٕ ترٛاوان۔ افسانہٕ سوال اَسی تَن، تار،

ژھانڈو، تابس چھُ لاب، 1948 یایم چھِنہٕ تم اَسی تَن، سأری افسانہٕ چھِ پرن وأجِس

پانس ستی ستی پکہٕ نأوِتھ زندگی ہِند بن کرٛ پچھرن تہٕ میچھرن ہُند رَس ژھِناوان۔ قأری چھُ

پرٛتھ افسانہٕ پرِٛتھ پنُن پان تتھ کہانی ستی'' آورأوِتھ اَکِس سرٛنِس سئدرس ژھانٹھ وأنِتھ

پوان۔ یوٚ دوے دیباجی ہنز یہِ گوڈنیچ کوٗشش چھےٚ تہٕ یمن افسانن شاہکار ہکونہٕ وٕنِتھ تاہم

چھےٚ یہِ گوڈنیچ کوٗشش اَکھ ترٛتھ مضبوٗط بُنیاد یوسہٕ برٛونہہ کُن ضرور شاہکار نمونہٕ قأری یس پیش

کش تھاوِ تِکیازِ دیباجی ہُند قلمُک بورِ بارتُل ترٛاو چھُ اَمہِ کتھہِ ہنز ثبوتہٕ وَن دِوان۔ مےٚ چھُ

یقین مستقبلس منزٕ آسہِ دیباجی کامیاب افسانہٕ نگارن منزٕ شأمل، اللہ تعالیٰ دی نَس قلمس امہِ

کھوتہٕ آے تہٕ کأشرِس ادبس روٗزن گوڈبران۔

ڈاکٹر شاہدہ شبنم

ڈگری کالج بایز سوپور

# ترتیب

# ژھانڈو

نیٚک نیٚک گاش اوس۔ ییٚلہِ بہٕ سرینگر کِس ایٚس۔ آر۔ ٹی سی یَس نِش وۄتُس۔ بہٕ اوسُس اَکھ اجنبی وۄپریَتھ شہرس منٛز۔

تہٕ

پرٛژھم أ ِکس آٹو وأ ِلس؟

ییٚتہِ چھا کانٛہہ ہوٹل آس پاس۔

دوٚپُن

کھَس آٹو وَس۔

أمی نیوٗس گتھ تام جہانگیر ہوٹلس منٛز۔

# زریں زخم

بہٕ اوٗسس دوٗن کامِنِ باپتھ یور آمُت۔ صُبحس ووتھُس سُلی۔ یہِ ہوٹل

اوس بازرس منٛز شوراوس لٲزمی۔

مےٚ تُلۍ دار بِن پردٕ۔ اَتہِ چھِ جان جان بَچہِ گاڑِ، فلے اووَرہٕ شُری سکوٗل

وردی لٲگتھ ماجِنِ کتاب بستہٕ نٲلی تہٕ شُربن لِتھ وان لِتھ وان پکناوان۔

اَمہِ ہٕتی پیوٚم پنُن لوکچار یاد، بہٕ اوٗسس پرٕ ہتھ دوہہ سکوٗلچہِ قمیضہِ چندہٕ ژٕ ٹتھ

اَتھس کِتھ اَنان۔

ہوٹلہِ منٛز دراس نبر۔ اَتہِ پرُژھم اَکس نفرس مےٚ چھُ صفا کدل تہٕ حبہٕ

کدل گژھُن۔ مےٚ وٕنی توبہٕ گتھ گاڑِ کھسہٕ۔

دوٚپُن۔

ہُتھ چوکس نِش چھےٚ صفا کدل گاڑِ نیران۔

بہٕ بیوٚٹھُس گاڑِ منٛز۔ مےٚ نِش چھُ اَکھ نفر بِہتھ فونس پیٹھ گتھ ہٕ کران۔ یہِ

چھُ کُس تام ونان مےٚ چھُ ڈاوُن ٹاوُن گژھُن۔ مےٚ گیہِ رائے یہِ آسہِ کُنہِ

علاقس ناو۔ خاَر بہٕ ووتُس صفا کدل۔ بہٕ ووتھُس گاڑِ منٛز بوٗن کدلس پیٹھ۔ تہٕ

# زرین زخم

سۆنچُم یہِ گرِژھہ وٕتھ آسنؠ۔

آ۔۔۔

وٕتھ چھہ۔

تہِ کیاہ سہ گو؟ کوٗتہ ٹاے لاٗ گتھ چھُ اکھ جان نفر میٚہ گُن وَنان۔ یہِ چھُ جہلم میانہِ گو براہ۔ اُسن ترأوِتھ ووٚنُس میٚہ۔ جہلم گوٚ وتھنِ خاطرِ یہِ چھےٚ سأنؠ وٕتھ۔

وٕتھہِ ہند بن بٹھین پیٹھ مختلف اَستان تہٕ مٔندر بیٚنہِ باقٕی کدل اتھہِ ییوان۔ نزدیکی پیٹھ آم اکھ مٔندر بوزنہٕ۔ میٚہ سوٚنچ گوڈٕ کربہٕ درشُن دیو میأنؠ کأم گرِژھہ آسان۔ کٔدلس نِش دزاس دٕ چھُن گُن۔ چھُس بروٚنہہ پکان تہٕ وُچھُم اکھ مکان۔ مہراج سیرن ہُند، خوبصورت ڈبہٕ دار۔ حویلی ہیوو۔ آنگنس منز بوٚ ڈٔنٹلہٕ کُل۔ میٚہ ٹھہر وو قدم بہٕ لوٚگُس اتھ گُن وٕچھنہِ۔ اَتہِ آسَن بدل لُکھ بسان۔

بہٕ ووٚتُس مندرس نِش کوٗرم درشُن۔ میٚہ گوو یکبار سورُے مٔشتھ بہٕ کُس،

# زرین زخم

میٚہ کوٚت گرٛژھن ۔ اَپآرِم حالؠ اوس بدل ۔ بہٕ یُتھے قدم اوُسس تراوان برٛونٛہہ کُن میٚہ اوس زن لمان کانٛہہ ۔ تہٕ وُچھُم بیٚاکھ مکان مندرس نزدیک ، دیوار پرآٲٹھ ۔ دارِ بَرنہٕ گُنی ۔ دُگبلؠ بَر ، براندس پیٹھ ہوٚنی ۔ آنگنس منٛز بوٚڈ ڈوٚنی کُل ۔ یہِ مکان پانہٕ پننہِ پَتھ کالُک ہِسر باوان ۔ یہِ حال ٕکمو چھُ کوٚرمُت ۔ بہٕ کیاہ وَنہٕ ، میٚہ چھَم گلہِ زیوٚ ٕگمٕژ ۔

قدمس قدمس پیٹھ دٕچھنہٕ کنہٕ ہیر پآو ۔ شاید چھہِ اَسمتھ ناوِ تار باپتھ اَپآری لگھ تران ۔

اَتہِ چھُس بیٚیہ مکان وِچھان ۔ کُنہِ دارِ بَر پھٕٹرِتھ تہٕ کانٛہہ زآلِتھ ۔ کانٛہہ ہایہِ تہٕ گردِ کھیوٚمُت تہٕ کُنہِ آنگنَس منٛز بوٚنیٚن ہندی چھج ۔ سو یہِ بُرٕتھ آنگن ۔ تِمن کُلیٚن از بہارس منٛز ہرٕدزُرزِ اُمت ۔ میٚہ گوٚ وسوٗرےٕ مُشتھ میٚہ کوٚت گرٛژھن ، تہٕ بہٕ کوٚت کورکُن چھُس پکان ۔

میٚہ پیٚو یکبار یاد از چھُ جمعہ بہٕ تہٕ سو آسہِ جمعہ دوہہ زاٮمتٕ ۔ میٚہ اوس گرِ دادَس نِش بوزمُت امہِ دوہہ چھِ مسلمان ٕتہر کران ۔ أ کس موڈس پیٹھ

# زریں زخم

وأ ۔تتھ وُچھ میٚہ اَتہٕ دژ ایہِ اَکھ زنان تہٕر ترأمی ہبتھ ۔ تمام نِکی نِکی شُری ڈرا ے ٹۄری ہیٚتھ ۔ اَمہِ ہوومبہ اِشار ۔ بہٕ گوس مبہ رئٹ دون اُتھَن کبتھ ۔ مبہ ئہٕ زن بوچھے ژلان ۔

بہٕ اوُسس ییٚتہٕ کہِ پرٛبتھ کُنہِ چیرٛ ُزک بوچھہٕ ہۄت ۔ برۄٚنہہ وأ ۔تتھ وُچھُم کُس تام اَستان حضرت شرف الدین عبدالرحمان عرف بُلبُل شاہ ۔ یہِ تہٕ وتھہِ ہندِس بُٹھس پیٹھ ۔

زن چھِ یمہٕ وتہٕ مبہ ڈیڈِ کرِتھ وٕری وادَو پیٹھہٕ پراران آسمہٕ ۔ کیٛہنہ لۄکھ دُکانَن پیٹھ پھبرن لأ ۔گتھ تموک چوان ، اَجہِ زنانہٕ پۄٚژ دِتھ ۔
کانڈ روان ، واہ لواسَن ہنز آواز ۔ بیٚیہِ طرفہٕ بجلی کوٚڈ چن تارَن پیٹھ کوتر گبوان ۔ پرٛبتھ جایہِ رُ ۔کتھ اوسُس بہٕ لُطف تلان ۔ اَسہِ اوس یہِ سورُے اَتھہٕ گوٚمُت ، از اوسُس اوے محسوس کران ۔

وٕنی رووُس ، کوٚت تام ووتُس اَتہِ اوس اَکھ گوٚری وانہٕ وول ۔

أمِس پرٛژھُم ۔

# زرین زخم

کاکا یتھ علاقس کیاہ وَنان؟؟؟

دوپُن ۔۔۔

یتھ لۆکھ ریٛژھ ٹلان ونان Down Town مگر اصلس منز چھُ

یہِ شہرن ہُند سرتاج۔ "شہرِ خاص"۔

میٛہ پیٛو وگاڑِ وول یاد۔

دوپُن ۔۔۔ ژِ چھُکھ شاہِ ہمدان چہ ڈیڈِ نِش ۔ میٛہ ترأ ونظر اَتہِ وُچھُم

اَستان۔

أمی وونُم ۔ گۆبرس کۆت چھُ گژھن ۔ میٛہ وونُس ۔۔۔ میٛہ اوس

صفا کدل تہٕ حبہٕ کدل گژھن ۔ مگر بہٕ رووُس صفا کدٕل وأتتھ ۔

أمی وونُم ۔ کیٛہنہ چھُنہٕ پرواے ۔ بیٛہہ کڈ تھکھ ۔۔۔

بہٕ بیوٗٹھُس اَتھ وانس پیٹھ ۔ أمی دِژ میٛہ اَتھس کَنتھ ۔ زامہٕ دودٕ کھنٛڈ ۔

بہٕ گوس حأران ۔ میٛہ سوٗنچ یہِ تہٕ آسہِ کانٛہہ رِواج ۔

دوپُن ۔۔

# زرین زخم

ژٕ چھُکھ حبہٕ کدلس نزدیک۔ ژٕ ئکۍ زِسیوٚ دُے۔ اَتہِ ہِیہٕ ژُووٚت۔ تتہٕ نَس نِپر زِسیوٚ دُے، سُہ علاقہٕ گوٚ وحبہٕ کدل۔ اَکھ راحت میٚلے یَم۔

بہٕ دژاس۔ ووٚتُس برابر حبہٕ کدل۔ مبہ اوس پاپن ووٚمُت تتہِ نَس چھُیہ نلہِ کوچہِ۔ بالکل اوس اَکھ نلکہٕ۔ تتہٕ یُس کھووٕری۔کنٕ مکان وٕ چھُکھ سُہ چھُے گرٕ۔

اتہِ اوس پٕزی۔کنٕ اَکھ مکان بہٕ پوٚکُس بروٗنہہ، میٚیہ گیہِ زنگن گاڑٕ بہٕ چھُس نہٕ بروٗنہہ ہیٚکان ئکۍ تھٕی۔ بروٗنہہ پوٚکُس اَتہِ اوس دُگبلہ بَر۔ بوٚ ڈکوٚرا۔ گتھ سوٕسنٕ پوشہِ پھُلے دأن گلی جورٕ۔ دیوا خانٕچ دأر پھٹٕتھ۔ میٚیہ دِژ اپأری نظر اَتہِ وُچھُم۔ لبہٕ آیَم کھبنہِ۔ تمہٕ کرٔ بکہٕ گوٚنجان یمہٕ میٚانیو گرِکیو رأ ژہنزِ دوٕیہِ بجہِ نبران نیران آسہٕ دژھٕژ۔

یہِ مکان وُچھُم۔ میٚیہ نالہٕ متہِ رٹان۔ ونان۔

''یتو واپس بہٕ چھُس پتھر پیوٚمُت اَندگن منڈ چھومُت''۔

دٕوری کنٕمن ہُند براندٕ تتھ براندس پیٹھ زن میٚانٕی دأدی سوٗزٕل ژاران تہٕ میٚانٕی موج میٚیہ کھونہِ مٔزونہٕ وُن ونان۔ تہٕ میون بوے دأن گلُس تل ژوٗرِ

# زرین زخم

ہٕتھ دادٕ سِند بن آلوَن گوٚش دِوان۔ دوسہِ کَنی یِوان رٕحَت ٹاٹھ۔ ہَتے تُلسی رۄنوے؟

میأنِس پھیکِس پیٹھ تھوٗکُھں تام اَتھٕ بہٕ گوس ہُشار ژٕ گَس۔ گَس چھُک ژھانڈان؟

"بہٕ چھُس موتی لال سُند زُرٕ"۔

أمِس آیہِ دۄنوے أچھی بَرنہٕ، أمی رۄٹُس بہٕ نالہٕ متہِ یہِ چھُ وَدان۔ دوٗپُن۔

سأری ہیٚ حبہٕ کدٕلس گوٚوژس تھندِ نیٚرنہٕ۔ أمی نیوٗس بہٕ گرٕ۔ گرِکبن وۄنُن یہِ چھُ سُنیل سُند نیٚچیٚو۔ تموگری میٚیہ أندی أندی گتھ۔

یِم سأری چھِ وِدان

گرِکبن ہِنز خوش خبر پٕرژھان۔ یِمو کھیوٗس بہٕ زٕ توٚملہٕ ژوچہِ۔ بیٚیہِ نُنہٕ چائے۔ یِم چھِ میٚیہ زارٕ پارٕ کران بیٚہنہٕ خأطرٕ۔

میٚیہ وو ٚنکُھ میٚیہ چھُ صفا کدل گژھن۔ وونُکھ ژٕ بیٚہہ۔

# زریں زخم

دون ژون دُہن ۔ پتہٕ گرٕ ھکھ کوٚت چھُی گرٕھن ۔

میٚہ ووٚ نکھ ۔ میٚہ یہِ وُچھُن اوس تہٕ وُچھُم ۔

''ہرگاہ بیٚیہِ وچھہٕ بہٕ روزٕ نہٕ بہٕ تیٚلہِ ۔

پنٕنس گرٕس نہٕ کینٛہہ ۔ تتھ مکانس اوسُس پوٚت پھرِی پھرِی وِ چھان ۔

یہٕندی نچٕوی کوٚڈسکوٗٹر، یہِ آو میٚہ ستی ۔

دوٚپُن ۔

صفا کدل گتھ جایہِ چھےٚ گرٕھن

میٚہ ووٚ نُس ۔ 'رنگر کوچہِ' ۔ بہٕ ووتُس تتھی ژوٚ ئتِس پٔٹھ واپس ییٚتہِ نس بہٕ
صُبحأے اوسُس ۔

خأربہٕ تر ووُنس أمی برابر رنگر کوچس نش ۔

میٚہ اوس ممی ووٚنمت سہ چھُے کھووٕرِ کنی ترٕیمی مکان ۔ میٚہ کوٚر برس ٹھُکھ
اَتہِ دژٕ ایہِ کوٚس تام ۔ میٚہ ووُنُس ۔۔

اَتہِ چھا ماسٹر جی روزان ؟؟؟

دوٚپُن۔

"تمن گیہِ ژوداہ ؤری ییٚتہِ دژ امتِس یہِ مکان ہیوٚت اسہِ ۔ میانین

وومیزن تہٕ آشن ہٕندی تمام محل پیٚیہِ ؤسۍ۔

ولہٕ اندر گُن۔

میٚیہ ژٕھہر ووقدم۔ لوگُس سونچنہِ اماوونۍ کتہِ ژھانڈن بہٕ سو۔

میٚیہ دوٚ پُس۔

تُہُند کانٛہہ ایڈرس چھا توٚہہِ نِش؟

ووٚ نُن۔

ہرگاہ آسِہا تیٚلہِ دِمہا بہٕ۔

دوٚپنم تمن نِش کیٚاہ کأم چھے۔

میٚیہ ووٚ نُس۔

مےٚ چھُ تمن ستیٚ اَکھ سرٚ ون رشتہٕ۔

دوٚپُن: خبر کیٚاہ؟

# زرین زخم

میٚہ ووٚنس۔

فروری ۱۹۸۶ ٲتس منٛزلل دبد ہسپتال ٕکس وارڈ (۱۲) ہٕس منٛز اوس میٚہ تمن ہٕتی رشتہٕ شروٗع گوٚمت۔

میاٗنی ممی ٲس ۲۰۱ بیٚڈ نمبرس تہٕ ماسٹر جی ہٕنز زنانہٕ ٲس ۲۰۲ بیڈس۔ میانہِ ماجہِ اوٚسس بہٕ زامُت۔ سوٲس میاٚنہِ زہنہٕ بیٚمار گمٕژ۔ ماسٹر جی نہِ زنانہِ ٲس کٲرزامٕژ۔ میٚہ اوسنہٕ ماجہِ دودٕ دِیُتمُت۔ سوٲس بیٚمارٕ اوٚ موکھہٕ اوٚسس ماسٹر جی نہِ زنانہِ بہٕ دون دُہن پٮ۪ٹھ دود چوومُت۔

دپان ییلہِ مبہٕ قلم اَتھس کنبتھ تھوٗو کھ، ییہِ اوس اَکھ خاص رٕواج اَسہِ منٛز، تس ٲسی تمہٕ ساتہٕ کٔنس منٛز بانٛگ پران۔

تمہِ پتہٕ چھُکھ سُے قلم تمی ہٕندِس اَتھس منٛز تھوومُت۔ سوٲس زامٕژ شامچہِ ساڑِ پانٛژِ۔ بہٕ اوٚسس زامُت دوہلہِ دویہِ بجہِ از چھےٚ میٚہ بیٚنہِ ہنٛز سکھ ضرٗورت۔

تِکیاز میٚہ چھُ نِو رہتہٕ کھانٛدر۔ بٲئے سندِس کھاندرس پٮ۪ٹھ چھُ بیٚنہِ ہُند

# زرین زخم

آسُن ضرۄری۔

تِکیازِ تَس چھُنا زآمی براند رٹُن۔ میأنِس مازس چھےٚ پھِپھرینٛ لگان۔

دوٚدٕ موج تہٕ دوٚدٕ بینہِ وِچھٕن۔

أمی وۄٚ تنم۔

ژےٚ پیٚیہِ از بینہِ یادأمہِ برۄ ژہہ کونہٕ آکھ؟

میٚہ وۄٚ نُس۔

اسہِ اوس انہار روومُت۔ اسہِ کیٚاہ نہٕ روو۔

لَرِ تہٕ مندۄ رِمیلان واپس مگر پٔنُن راوُن گژھان مشکل۔

میٚہ چھےٚ سو پرٛتھ رَکھشا بھندھنکِہ دۄہ یاد یِوان۔ تَس آسہٕ ہے یاد۔ کیٚاہ پتاہ۔

وومید چھَم اکہِ دۄہہ پیمہٕ ہےٚ تَس یاد ییلہِ تَس ہندہن اُتھَن مأنز لاگن۔

نیران نیران وونمس

# زریں زخم

ہرگاہ سوو چھٔہن دٕپِ زبس ژٕ ے چھُیہِ بوے ژھانڈان۔
ژٕ ے وِچھنہٕ خاطرِ سٕہ ترسان۔ تِس چھُ چون ژھانڈٕ و۔



# تار

یِژھ حملہٕ دِل ۄژھ اَتہِ ۔ زِنہِ دژایہِ پوٗژَو روٚستُے ، کاٗنہہ نہٕ کاٗنسہِ جوابٕے دِوان ۔

اٚخرٕ دٔلیل چھےٚ تہٕ چھےٚ کیاہ ؟

فقط کیاہ سہ ساٗری ونان یمن واٗژ ۔

اَدٕ ۔

یہِ گَتھ پھٲہلے یہِ نارٕ کی پاٗٹھی تہٕ لُکھ چھِ رٕیٚن ہنٛدی پاٗٹھی یہنٛدِس برٚس تل

# زریں زخم

جمع گڑھان۔

أڈی تماشہٕ وِچھان تہٕ ژُکی دارگُلی موٗران۔

بہٕ اوسو ونان۔ بیٚاُرأس أٹھو دوہو پیٹھہٕ پھیانگان۔ میٚہ أس پےٚ کیاہ تام ورسپدِ تہٕ وُچھتو کیاہ گوٚو۔ پیٹھہٕ چھُ یمن گُلی ہندِس نکس روت کھر۔ تمام گرہٕ والین چھُ سہٕ رأتی رأتس ہُشار تھاوان۔

شفیع چھُ باقین ونان۔ یم وُٹس منز ہٕہتھ چھِ۔

اورٕ آو ملہٕ عمہٕ۔

یہِ چھُ ونان۔

اَتھ چھُ صبر کرُن۔ تتھ چھنہ کانہہ وَڈ۔ صبرس کاٗم ہتھ پشر ووٗتسی پان۔ ژھی زِھی پیٹھی ڈنگس پیٹھ۔ مدرس باغس منز گوٚنڈ لڑکو تجیر تہٕ سارے زنہِ ژانکھ اوٗری۔ پیٹھہٕ اوسکھ جایہِ ژھو چرتہٕ بیٚیہٕ پاسہِ لگن ہنز رٕج۔

ملہٕ عمہٕ چھُ پرٕ ژھان گس تام۔ بی کتہِ چھُ۔

مُنہِ ووٚنس۔

سہ ژھُ شہر چہِ ماسُن گوٚمُت۔

أمی دیُت نادمحی الدینٚس تہٕ گاشس۔

گامہٕ منز أسی فقط کُلِ ہٕند بن گاٹژی سوتہِ وأن دانچ۔

خأر۔

کوٚرکھ صلح مشورٕ تہٕ دوٚپکھ بٔی یَس سوزَو یورے گاڈ۔

نفر جورہ دژاے شہر کُن۔

مُنی کوٚرکھ باندھ باندھ۔

دوٚپنکھ یُتھ نہٕ تَس حبس دیو۔

لوتی واتہٕ نأوی زیون گرِ۔

تہٕ پیتی بوزِ،

توروأنتھ کوٚرکھ بٔی یَس آلو۔

تہٕ بٔی دژاو تَس دیتنُک نہٕ اظہارٕ کرِتھ۔ اَمہِ گتھہِ ہُنٛد

ہوِ کہو۔

توہی کوٚتو یور۔

ادٕ چھاچانٔی پانٹھی شہروَسوژھایہ ژھایہِ۔

أسی أس یور ساما نس وٕتھی ءِتر۔

مُنی دوٚپ بٔی تہٕ کھالِی زیون پانسے ءِستر۔

وَلہٕ ژٲے کیاہ۔مفتیچ گاڑی بنی ژٲے تہِ۔

بٔی یَن وون ماسہِ بہٕ ہٲے نیرَے تیلہِ۔تمہِ کوٚرُس چرٕ نالہٕ موٚت۔

دیُت نَس روخصت۔

یم پیٹھی گاڑِ منز ترٛیشوے تہٕ دزاے۔وُنہِ وأتی أڈٕسے منزلس تہٕ گاڑی

گیہِ بہتھ۔

ییٚلہِ نظر دِژ کھ۔اَتہِ ووُچھکھ ٹارپھوٚٹمُت۔

بٔی یَن تر ووُکھ ٹھاٹھا کران اُسن۔

گاشہٕ تہٕ محی الدین کیاہ ونہٕ ہٕن أمِس۔تمن أس پَے اَمِس کیاہ وَر

چھُ گری کِنی سپُد مُت۔

یم چھِ گاڑِ دکہٕ دِوان۔ برٛؤنہہ پکناوان۔ بێیہٕ زَن کرہَن تہٕ کیٛاہ۔

بێیہٕ طرفہٕ یہِ علاقہٕ گاڑ گاٹھ۔ اَتہٕ دوہلے ہٕوٗنؠ وٗنگان۔

گاٗنٹہٕ جوراہ گٔیہِ یمن دکہٕ دگس ہتی ضایہٕ۔

اورٕ آوٗ ٹانگہٕ۔ یم دوشواے چھِ اٲمِس زار پارٕ کران ژٕ کھٔس تہٕ

وات۔

یہِ چھُکھ دپان۔

ہتابہٕ اوٗن ووٗس شہر پێٹھہٕ ٹکِتھ تہٕ وٗنؠ چھہٕ مێیہ ونان نیر۔

یہِ بنہِ تہٕ بَنہِ ترێشہٕوٗنؠ۔

وٗنؠ کیٛاہ پراہ گژھے۔نتہٕ واتوَنہٕ اٲسی۔

گاشِن ووٗن۔

اِد ولہٕ تربنوے نیرَ و۔ کاٗم کرَ ویہِ گاڑی تھاوَ وکاٗنسہِ گرٕ والین ہندِ۔

اٲسی سبدَ وتربنوے ٹانگس تہٕ دِموفلحال ڈونکراڈونکرا۔

اٲڈِس واتناوٗ ٹانگن تہٕ اٲڈِس لگی پکنہِ۔ پێٹھہٕ یہِ بٔبی۔ یہِ کران مٔتلہٕ۔

# زرین زخم

گاشہِ چھُ وُٹھوتلی محی الدین نَس ونان۔

وُچھِو کیاہ چھُ کران۔ ہرگاہ پے لگبس۔ ییتی دِیہِ پدیو، کنہ زُو

یؤت کال آوڑ کہِ وول۔ یمو دیُت اتھہٕ تہٕ اَمی کھائلی۔ واتان واتان

واٲتی یم شامچہِ پانژہٕ بجہِ۔

بٕی چھُ نووٕ ے عالماہ وُچھان۔ معصوٗم شُر۔ یہِ گوٚ وشوزد۔

یہِ چھُنہٕ بہرٲنی کائنسہِ کینٛہہ وَنَس۔ لڑکو ژون تچھہ گرتھ ٹینٛٹس منز۔

منزس بیٛہنوو کھ۔

ملہٕ عمٕن کڈی یہِ تار چندہٕ منز۔ اَتہِ چھِ سٲری وُچھان۔

سٲری گے اَندی اَندی جمع۔ بٕی اوس سٲنس گامس منز واحدپوٚ رمُت۔

رٕٹِن اتھس کیتھ۔

تہٕ

کھوٚ ژِن۔

پٔرِن۔

پرٛتھ ترووُن اَسُن۔

فاطمن دِژ ٹانگ۔

بی لوٗگُس وننہٕ۔

موجی۔

یہ ہےٚ چھُس ایم۔اے (M.A) یَس پاس گوٚمُت۔یہٕ ہے چھِ

یوٗنیورسٹی والیوٚ تارسوٗ زِمژ۔

ماجہِ ووٚنس۔

اَسہِ دوٚپ۔

خبراَبَس چھُیا خاٗر۔یہٕ مہ چھےٚ پنجاب پٔٹھہٕ واٗ ژہمژ۔



سو

سورمہٕ بٕرِتھ أچھ۔

کھوورِ نٕرِ سونہٕ سنز ڈُلہٕ جۄری لأگِتھ

مأری مۄند بُتھ۔

سُہ بُتھ۔

یُس پرٕبتھ کأنسہِ وُچھنَس پٮ۪ٹھ مجبوٗر اوس کران۔

# زرین زخم

سو أس پرٛتھ أکِس پانس کُن مُہتھ نِوان۔ تَمہِ اوس سارنی دِل

نیوٗمُت۔

اَسان گِنداں أس آسان۔

پیٹھہٕ أس تَس شُربن ہٕنز سَکھ مائے۔

یُس تِمس تہٕ میٛہ منز بیوٚن اوس میٛہ اوس شُری شورہٕ ستی سَکھ جیرٕ یِوان۔

تَس اوس چُری گیُش خوش گڑھان۔

مگراز

از ہوومیٛہ تموسورمہٕ چشمواَکھ نوٚوتماشہٕ۔اَکھ داستان اَکھ فلسفہٕ۔

یُس نہٕ میٛہ زانہہ فکرِ ترِ ہا۔

میٛہ أس شُمارٕ روٚس سوال۔

مگر میٛہ پرٛ ژھ نہٕ تَس زانہہ۔

تُس آسہٕ آبہٕ أچھ۔سیوٚ دآسہٕ تمہٕ أچھ کُس تام دود باوان۔

سودَگ أس پانے أندری ژاپان۔

# زریں زخم

میٚہ ووتھ مَژ ردِلس ۔ بہٕ تہِ بوزہَہ دلیل چھےٚ کیاہ۔

بہٕ روزٕس تمہِ رازٕہٕ نش بےٚ خبر۔

تہٕ

اُدی ووتھ نیٚبری ۔کنٛ شور۔

بہٕ دراییس دارِ کنی۔

اَتہِ اُس زوٗنہٕ ماس۔

محلہٕ چھُ زون ماسَس کھوٗژان۔

اَتھَس تھیچھ کُرِتھ اٗسس سوے۔ تمہِ لایہِ کنہِ گس تام۔

تہٕ

بڈِ ووٚ ننَس۔

چانٛہن نیہِ تَن گانٹھ۔

ژٕ ونکھے اٗمِس ہانٹھ

بہٕ زن پیٚیس اَسمانہٕ ۔ میٚانٛہن سوالن میوٗل اٗکس ژٕہس مژ جواب۔

# زرین زخم

سوچھےٚ سویَس وُپچھِتھ میأنی دوٕنوے اَتھہٕ چھِ دُعا منگان۔

اے کعبہٕ کہِ خدایہِ

یہِ تہِ بناوُن موج۔



# یہ تہٕ چھُ سپدان

بہٕ یُتھے شامس ڈیرس پیٹھ ووتُس اَتہٕ وُچھُم کُس تام نوجوان۔ سفید شاٹ تہٕ دال چیٖن رنگ پتلون لاگِتھ، بَجہٕ أچھو مےٚ باسیوویہٕ چھُ چکر کرنہٕ آمُت یور۔

مےٚ پرٕژھ کمالَس۔

دوٚپُن۔

'یہٕ آووٕنی کٔشیرِ پیٹھ'۔

مےٚ کوٚرأمِس خأرپأٹھ۔ کٔشیرِ ہنز کِتھ حالت چھےٚ، مےٚ پرٕژھمَس؟

# زرین زخم

کٲشیر چھَ دزان۔ تتہِ چھُ پرٕ بتھ طرفہٕ گاہے ٹاس تہٕ جلوٗسہٕ، گہے کریک ڈاوُن تہٕ تلاشی۔

وۄشِ ترٲوِتھ ووٚن۔

أتھی منز أنی کمالن چائے۔

میٚہ پرُژھ أمِس ژٕ چھُکھ کامہِ باپت آمُت۔

دوٚپُن۔

اِں۔آ۔

شاید چھُ أمِس شوق علی کاکس نِش کٲم کرنُک۔ کوٚت آو۔ گرِژھہ ہا کانسہِ بیٚیس نِش۔ بہٕ چھُس أندری کنٕ ونان۔ کیاہ زِ أسی أسی واریاہ علی کاکنی روب کھوٚان۔ چلوٗنی چھُ بیاکھ تہِ۔ یوت کال گیہِ ژاس علی کاک آو۔۔۔

وعلیکُم سلام۔

فاروق کرسہَ ووتھکھ؟ علی کاکن پرُژھ أمِس۔

گٲنٹہٕ کھنڈ گوم۔ أمی دیُت نَس جواب۔

# زرین زخم

میٚہ باسیوو یہٕ کتھن تلہٕ سٔکھ تیز۔ میٚہ اوسنہٕ یہٕ کٔشیرِ منٛز اَمہِ برۄٛنٛہہ زانہہ وُچھمُت۔

یۄٚت کال آیہِ باقی تہٕ۔ چائے چیتھ کھۄل اَسہِ کھاتہٕ۔ تہٕ علی کاکن وون۔۔۔أزی کہِ پیٹھہٕ لِکھِ تٕہنٛد حساب فاروق احمد۔

دۄہہ گٔیہِ گذران۔۔ میٚہ ہیٚوت یہٕ زانُن۔ کتھو تلہٕ اوس یہٕ باسان واریاہ جان نفر۔ واریاہ قأبل۔ یہِ کاراوسنہٕ زن أمِس باپت۔ یہِ اوس صُبحأیے بِند رِۄٛتھتھ Bed Tea چوان کأنسہِ رٔئیس ہٕندی پأٹھی۔ أمی سُند رٕہن صحن اوس تھدِ پایک۔ یہِ اوس دوہس ڈیٛرس پیٹھے آسان۔ چونکہِ أمِس اوس سون حساب شامس آسان کرُن۔ اتھ دوہس کیاہ اوس یہِ کران یہِ أس اَکھ أمِس پیٛے نتہٕ کمأکس۔ کمال اوس سون باورچی۔ ’’یہاں کوئی ہے‘‘؟

نیٚبری گٔیہِ آواز۔ یہٕ ووٚتھس تھوٚداَتہِ وُچھ میٚہ کُس تام بنگألی نفر۔ علی کاکن دِژ کمرِ منٛزی نظر۔ یہِ ووٚتھ تھوٚد تہٕ آو أمِس نفرس نزدیک۔

أمی ووٚنُس۔

''آشُن آشُن''۔ بنگالی پأٹھی۔ أمی دیُت نہٕ زیادہٕ لفٹ۔ بہٕ لوٗگُس أندٕری سونچنہٕ اما أمِس نفرس کیاہ گوٚو۔ تمام بنگالی چھِ علی کاکس عزت کران۔ أخر چھُ یہٕ اَسہٕ مہاجن۔ أسی ساری چھِ أمِس ماتحت۔ زانہٕ خوداہ۔۔۔۔۔أمی نفرن وۄن۔

Hello! I am Ranjeet Singh, Major in Army. I have to meet Mr. Farooq.

میٚہ ژوٗل پھوکھ نیرِتھ۔ علی کاکس کھوٚت وۄشلُن بُتھِس۔ بہٕ چھُس ونان اَدِ سہ مالہِ۔

فاروقن چھُ کیاہ تام اتھٕ کوٚرمُت۔

Hi gentle man. How are you! Fine.

فاروٗقنی آواز۔

علی کاگن وۄنُس۔

اندرأ ژِتھ گرِوگتھ۔ أندرأ ژِتھ بیوٗٹھ یہٕ چارپایہٕ پٹھ۔

فاروقن أنی أمِس رکژھ Strong چائے برابر ترژِ ھے یِژھ پانس چھُ چوان۔

أمِس چھُ علی کاک خونی أچھوٗ ستی وِچھان مگر میجرتہٕ فاروق چھِ پانہٕ وأنی فقط انگلش پأٹھی گتھ کران۔

أمی میجرن وون۔ ''أسی بنے اوترٕ دوس۔ بہٕ اوٗسس یِپأری تہٕ أدے ژاس۔

یہِ دژ اوتہٕ فاروق گوٚ وأمِس دروازس تام ستی۔

اورٕ یِتھ وون أمِس علی کاکن، ''یہِ چھُنہٕ کشیر یِیتہِ تھاونے دوہلی غأب کرِتھ۔ یمن ستی مہٕ تھاوٗ دوستی۔ ژٕ ہے کارکرنہِ چھُکھ آمُت تہٕ دوستی ستی کیاہ کأم ژے۔

فاروقن ووٚ نُس۔

''ژٕ کرِژلٹہِ کوٚر رِہک غأب''۔

کیاہ؟

علی کاک۔

فاروق:۔ ''ژٕ ے ووٚ نتھ نایتہٕ چھِ دوہلی کران غاٗب۔

تی ووٚنمے ژٕ گرژلٔتہِ کوٚ رئھ غاٗب۔علی کاکن وونُس۔

'ژٕ ے چھُیہِ کاڑٕن گوہ بٔرتھ۔''

أمِ وُچھنہٕ علی کاکس لہاذٕ ے۔ اَسہِ چھُ عاٗرق یِوان کاگُن ناو

بۄزِتھ۔۔۔۔۔یہٕ اوس سارنٕے کاٗشرٕن مہاجَن۔

یِیہ سونچان کڈی میٚہ مالہٕ ہٕچ تہٕ دژاس پھیرِ۔

اوجِہ صاٗبہٕ۔۔۔میٚہ دِژٕ پٔتی ،کنٕ نظراَتہِ فاروق۔

دوٚپُن۔

''یہٕ تِہ یمٕے از ژٕ ے ہٕتی''۔

میٚہ ووٚ نُس،

''اِدولہٕ یہِ''۔

میٚہ اوس اَمہِ دوہہٕ Township ،کنٕ گژھُن۔یوٚ ہُس اوس میٚہ

کارس شکس ووٚ تھمُت۔ بہٕ دڑاس خدائے سُند ناوہبتھ۔ أسی ژایہٕ أ ِکس گھرٕ ِس منز۔ اَتہِ دڑایہِ اَکھ زنانہٕ۔ أمی ہوو کلہٕ ستی نہ نہ۔ فاروقن وون أمِس۔

Special Kashmiri Shawl.

بیٚنِہ تہِ ووٚ نٕنس کیٚاہ تام انگلش پأٹھی۔ میٚہ کتہِ چھُ انگلش تگان۔ أمی کھوٗل دروازہٕ پوٚرٕتہٕ أسی ژایہِ اندر۔ فاروقن کھوٗل أ ِکس سرٕنہِ کامہِ دار شالس تہہ تہٕ یہِ چھُ أمِس انگلش پأٹھی ونان یہ ِکتھ پأٹھی چھُ بناوان وغارٕ۔

یہِ گیہِ خوش، أمی نِیہِ پانژٕھ شال۔ أمی أنی چائے۔ اَتہِ نیرٕتھ گیہِ أسی بیٚنِس گھرٕ ِس۔ اَتہِ تہِ نِیہِ یموشال۔ موخصر گیہِ اَمہِ دوٗہہ میٚہ مالہٕ پھٕٹ خأ لی۔ سوٗرُے مال دڑاونقدس منز۔

ڈیرٕس کُن ییٚلہِ أسی شامس پکان چھِ اَتہِ چھِ أمِس تمام بنگأ لی خار پاٹھ کران۔

أمِس أسی گرٕ تام ربتھ ٕگمتی آمتِس۔ میٚہ أسی ژورٕ وٕری ٕگمتی تران۔ بہٕ

اوُسس حاٗران گژھان۔ أتھی منز گوٚ ویہِ سونز وانس کھٔستھ۔ یہِ وان اوس اتھ شہرس منز سرس۔ اَتہِ ٲکس منیجرس ستی دوستان لوٗ گمُت۔ أمی انناوِ ٹھنڈٕ بوتلہٕ ژٕ۔ ادہٕ بہٕ تہِ چھُس أش کران۔۔ دربارٕ ژٔتھ دژ ایہِ أسی ڈیرس گن۔ شامس ییٚلہِ کھاتہٕ کھوٗل سارٕوے، سیٹھَس أس صرف ژٕ شال دراٲمتی۔

شفس ژور شال، یمن چھُ علی کاک بےٚ عزتی کران۔ یتُھے میٚہ پرٚ ژُھن میٚہ ووُنُس، میٚہ ؤتھی ساٗری نقدس منز۔ یم چھی پونسہٕ میٚہ دژ ایہِ از سداہ شال تہٕ أٹھ سوٗٹ۔ علی کاک گوٚ وخوش۔

میٚہ ووٚنُس۔

ازاوس میٚہ فاروق ستی نیوٗمُت ادے دژ ایہِ پیٚنز شال۔

شفن ووُن۔

اِدژے چھیٚنہِ تُمی سنز مہربانی تُمی آسی ناپاٗرم گرِتھ بنگالی پٹاٗوٕمتی۔ ہتا نا۔ یہِ ہاچھُ نفرٕ تیٚتھ۔ أمی سندِس ٲتھس چھِ لوٗکھ پژھان۔ یہِ ہاچھُ اصل۔ اور ووٚ تھ علی کاک۔ توٚہہِ مہ چھِو پاگل گمتی أمِس کتیوٗ چھُ تجربہٕ امہِ کارُک توٚہی

چھوون یہِ ءستیٚ نِوان۔ أسی سأری چھِ أمِس کاکس کُن وِ چھان۔ أمِس اوس
نہٕ زن أمی سُند خوش یِوان۔

دوٚیمہِ دوہٕ صُبحس ؤتِھتھ کوٚر فاروقن سرٚ ان، شیو، تہٕ آو چاے چیٚنہِ کمال
اوس جل جل أمی ءسنز کأم کران۔ أمِس اوس فاروقُن سرٚ یٚہہ گوٚمُت۔ أمی
أس أمِس پلو دِتیٚ ءتہٕ۔

سیٹھس، شفقس، جالس یامیٚہ تہِ اوس أمِس ءستیٚ لگاو گوٚمُت۔ یہِ اوس
سون حساب بڈٕ جان پأٹھی کران۔ مگر علی کاکس أس أمِس ءستیٚ رِش۔ ویسے
اَسہِ منز تہِ کُس ءستیٚ اوس تَس واٹھ اَسہِ تہِ اوس باضے یم بنگا لکی بتہٕ پھٔلی نستہِ کَنی
کڈان۔

فاروقن وون علی کاکس،

''میٚہ گوٚژھ مال بہٕ تہِ نیرِ پھیر۔ بہٕ چھُس دوہس ییتی آسان۔ یہِ چھُ بڈ
التجاسان ونان''۔ بہٕ چھُس أندری سونچان أخر کیاہ چھِ یہِ یڈ کرناوان۔ اَکھ
چھِ ییتہِ کُس تاپہ گٹہٕ کارس ءستیٚ جنگ کران ییٚہِ أمِس کاکہٕ ءسنزِ نَس۔ ییٚہِ نَے

کٔشیرِ ہندی حالات خراب گژھنہٕ ہٕنٛ تہٕ پژھ غلامانہٕ زندگی گُس گذار ہے۔

علی کاکن ووٚ نُس طنزاً۔ سارنٕے تھی۔

''ژٕے تہٕ مأنس کیہو کأم۔ دوہس ہتھ اگر بور چھکھ گژھان ییٚتہٕ آستہٕ کمأنس مدد دِوان یا آستہٕ میأنی پلو چھلان۔ أخرگس کیٚتھ پچھے زینٛن''۔

''نہ مری کأنہہ تہٕ نہ مرکھ کأنسہِ''۔

اَسہِ سارنٕے گوٚ ودَم۔ اَسہِ گوٚ وموتہٕ کھوتہٕ سکھ۔

فاروقن ییٚلہِ أچھی تھوٚ دٕتھِ، زن چھُ آسمانہٕ رۄ دوسان۔

أمی تٕلی اتھہٕ زِتھوٚ دقبلس کُن چھُ ونان۔

''خدایہِ کیاہ زِتھوو تھس پامن خأطرٕ''۔

أسی سأری چھِ أمس ستی ودان۔

أمس چھیٚہ ودن کرٕ بکہٕ ژلان نیٚرتھ۔

اسہِ روٚٹ یہٕ نالہٕ متہٕ۔ یہٕ چھُنہٕ ہٹھی یِوان۔ اَسہِ کرنو وژھو پہٕ۔

شامس ییٚلہِ أسی کامہِ پیٹھ آیہ کمأنس پزٕ ژھ اَسہِ۔ فاروق کتہِ؟۔

دوٚپُن۔

شاید چھُ پھتس پیٹھ۔

دوٚہلہِ اوس کیاہ تام لیکھان تہٕ دوٚپُن ۔یہِ تراوڈاک خانَس منز مێہ آیہِ نہٕ فُرصتھے۔یہٕ تراوَس صبحس۔

سیٹھَن ووٚن کماکس تلہ یوٚ ری دِکیاہ پچھے ۔ أمی ییلہِ لفافہٕ کھوٚل اَتہٕ أس چِٹھی۔ سیٹھَن کھوٚج اَتہِ اوس لیٚکھِت۔

''السلامُ علیکم!

وومید چھم تہٕ أسِو خأرسان، خوش تہٕ خوشحال۔تہٕ میون جان، ریاض تہِ آسہِ وارٕ پأٹھی۔مێہ گیہِ ژوررتھ گرِ دزِ امتِس۔یہٕ ییٚلہِ دژاس تمہِ ساتہٕ اوس ژودہَن رتَن ہُند از آسہِ بوٚڈ گوٚمُت۔ بابی تہِ آسہِ وارہٕ پأٹھی۔مێہ ہا چھُ سوال، خبرِ چھمنہٕ جواب کیاہ دِہم۔کھوژان چھُس، ژٔے نہٕ کێنہہ، زمانَس، لوٚکن ہنزن کتھَن، پامن، پامہٕ چھبنہٕ أکی کران، دگ تلان، أخر چھُنا یتیم پتھر آسان پیوٚمُت۔تھوٚدتلن وأکی چھِس واریاہ کم آسان یتیم أستھ کتہِ چھُس

پانٛس یتیم مانان۔ ژٕ چھُستھ مول مانان تہٕ بابی چھُسن موج۔

آ۔میٚہ اوس سوال۔یہِ زِتھ چھو نامیأنی ، بہٕ چھُس ناتھٕند ،میٚہ چھُنا گرٕ ؟

اگر بہٕ مرٕ تیٚلہِ مرے ناژٕے۔بہٕ مرٕ نہٕ ریاضَس۔سُہ چھُنا میون بہٕ چھُسنا

أمی سُند۔

تیٚلہِ کیاز ژِھم ونان نہ مرِ کانٛہہ تہٕ نہٕ مرَکھ کأنسہِ۔میٚانہِ سوالُک جواب

دِ۔بہٕ روزے وومیدوار جوابَس۔

چون رُت کانچھن وول

چون نِچوس برابر لوکُٹ بوے

فاروق۔

چِٹھی بند گرِتھ چھُ سیٹھٕ تہِ تہٕ بہٕ تہِ ودان۔کمالس اوس أچھَن مٔژاو

ش۔زن اوس تَس کأشُر فکرِ تران۔

یوٚت کال گوٚو دروازس ٹھُکھ۔سیٹھَن گُریہِ چِٹھی کمالس حوالہٕ۔

اتہِ اوس فاروق۔أمی سندس اَتھس مٔژٕ اُس ٹکٹ اسہِ وو نس کوٚت ؟

# زریں زخم

دوپُن ،ُبہٕ نیرٕ کشیر ۔میٚہ اوسنہٕ یورِیُن ۔بہٕ لوٚگُس یور غلطی سان۔

دوٚیمہِ دوٚہہ صُبحس آواُمِس کمال Bed Teaہیٚتھ ۔اُمی تھاوِیہٕ چائے

اُتی تہٕ لاٚگنی پلوٚ۔

شفقن ووٚنُس ،کوٚت چھُی گرٕھن؟

دوپُن ۔ساڑِ کہہ بجہِ چھُم ٹرین۔اَسہِ گوٚوسکھ محسوٗس۔

جانن ووٚنُس ۔اُسی تہٕ چھِ یمہٕ کتھہٕ بوزان کیٚنہہ چھُنہٕ۔

فاروقن دیُتُس جواب، کھوٗتی لدس چھِ کھوٗتی پتے آسان۔بہٕ تہٕ شفیہٕ

گیہِ اُمِس سٹیشن ستی ۔یہِ کھوٚت ٹرینہِ تہٕ دارِکنی چھُ یہِ اَسہِ دوشوٕنی وُچھان۔

ٹرین دژایہِ مگر اَسہِ چھُ یہِ دوٗردوٗرتانی وُچھان یوٗت کال نہٕ یہِ ساننِ نظرن

ڈوٚل۔

ڈیرِس پیٹھ تِتھُی اُسی واُتی اَتہِ چھُ علی کاک گرمیومُت ۔یہِ چھُ فاروق نہِ

ناوٕ کیٚاہ کیٚاہ ونان۔ اَسہِ ووٚن نہٕ اُمِس کیٚنہہ ۔۔۔۔مگر کمال چھُ بانن ٹاسرٕ

ہارے کران۔سُہ چھُ سکھ غمگین ۔وٗنی لگی اُسی حسبِ معموٗل پننِ کاٗم کرنہِ۔

# زرِیں زخم

واریاہؤری گٔیہِ مگر یہِ نوجوان، فاروق۔ وُچھنہٕ میٚہ زانٛہہ۔ نہٕ آوزانٛہہ بنگال تہٕ نہٕ وُچھُم کٔشیرِ منٛز۔ میٚہ کرے واریاہ کوٚشش مگر وُچھُمنہٕ کُنہِ جایہِ۔

اپریئل رٕتھ چھُ۔ بہٕ اوسُس کٔشیرِ آمُت۔ اکہِ دوہہ ضُبجس آو علی کاکُن بوٚڈ نیچیوٗ، روقہٕ ہٮ۪تھ۔ میٚہ پرُژھُس یہِ کیٚتھ؟ دوپُن۔ اَسہِ چھُ لوکچہِ بینہِ کھانٛدر۔

میٚہ پرُژھُس کتہِ کوٚرووس؟۔

دوپُن،

خانیار۔ لڑکہٕ چھُ سیکشن اَفسر۔ سہٕ چھُ سانہِ بَجہِ بیٚنہِ ہُند درُے۔ میٚہ پرُژھُس علی کاک چھا ٹھیک؟۔

دوپُن، سہٕ چھُ سکھ بیٚمار، اوے گٔر خاندرس جلدی،

خاندارنہِ ووٚ نتم یٔمن آسہِ جان کھانٛدر؟ میٚہ دوپُس۔ آسُن چھُ ہیٚچھناوان نہٕ آسُن منٛد چھاوان۔ روقہٕ ہے چھُ پانے ونان کھانٛدر کیٚتھ چھُ۔

کھانٛدرُک دوہہ آو تہٕ بہٕ دژاس۔ اَتہِ اوس یٔمو دُرُس محلس زوٗل کوٗرمُت۔ بہٕ ووتُس مہرنہِ أسی ٹیٚنٹس منٛز ژانان۔ سونہٕ ستی أس مہریٚنی جٔرِتھ۔۔۔

# زرین زخم

یہِ ژاس مکانس منز۔ علی کاک اوس پننس کمرس منز دربستر۔

معلوٗم سپد یوم زِ اَمِس چھُ وِلٹہِ دود۔ اَمی سنز شکل وُچھِتھ اوس نہٕ یہِ باسان زِ علی کاک یُس نَلچہِ اَسس منز تھاوِتھ اسان اَسان گُٹھ اوس تھو د ٹُلان۔ تیمِس وُچھِتھ محلکی ہوٗنی تانی کھوٗ ژان اَسی، از آسہِ تمی سنز نظر محتاج و مسکین۔ اَمِس ستی اَسی اَمی سندی تمام یار دوس بیہتھ۔

مہراز آو نیر نہٕ برٛونہہ علی کاکس روز ھتس۔ یہِ آو علی کاکس نزدیک تہٕ علی کاکن ووٚنُس۔

اڈہٕ کجہِ زبانی اتھہٕ زجوٗ ڈِتھ۔

'میانی کوٗرِ چھےِ حوالہٕ'۔

مہرازن ووٚنُس۔

''یُتھ ووی تیُتھ لونہِ''۔

میٚہ تُج اَچھی تھوٗ داتہِ اوس سُے۔

سُے فاروق یُس بنگال اوس آمُت۔ یہِ پیوس اَسمانہٕ۔ علی کاکن ووٚنُم

زانان چھُ ہَنہٕ؟۔
مےٚ ووٚ نُس
''واریاہ جان پأٹھۍ''۔



# نِٹو

رۆدِ راٹھ لاگان

سُے زانہٕ۔

کیٛاہ چھُس منشہٕ۔

خبراز گوٚژھ نہٕ کانہہ اَتُر سپدُن۔ میٛہ چھِ سأری پانس تھرتھرٕ۔

رۆدِ شورس منز اُس میٛہ عام پأٹھی مٔدرنہٕ پیوان۔

تہٕ از۔

# زرِیں زخم

ازچھِ عُجیب حالت میٚہ ستیٖ سپدان۔ نہٕ چھُم یہِ رۄدٕ شرانِمن ہنز چھَن چھَن آواز خوش گرٛھان تہٕ نہٕ چھُس پانٕچ تھرتھرٕ رُکاوِتھ ہیٚکان۔

زن چھُم نہٕ فکری تران کیاہ ورچھُ سپدن وول۔

اِل۔

از

چھُم بےقرأری۔ میأنی خاموشی اُس یہِ رۄدُک شور پھُٹراوان۔

أچھِ آسہٕ میٚہ رَتہٕ ژأنگی ہِش گمٕژ۔ یہِ اوس میأنہِ باپتھ نوٚوٕے چیز ا۔

آ۔

یہِ اوس ہُشیار گرٛھنُک صدا۔

یہٕ اوُسس انجان اَمہِ نِش۔

پیٹھہٕ، چھیٚنہِ پیٚے۔

رٹۄییٚلہِ زایہِ۔

اَسہِ اُس دُرٛس مجلس کأجس پیٹھ دعوت دِژمٕژ۔

# زرین زخم

اَبہٕ جنتی اوٗسس ٹاٹھنیارٕ سان ونان۔

بختاوار۔۔۔

یہٕ چھو بختاوار میانٔ۔

تہٕ لوکٹ پتِر اوٗسس ونان زٹو۔

اسہِ تہِ گوٚو دٕ رِتھ۔ ونان۔

أسِس سأری زٹو۔

اَبن چھےٚ شانَن پیٹھ رٕ چھمژ۔

سُہ اوٗسس کاندروانن، گوٗری وانَن کھونہِ کیتھ نِوان۔

سارنی أس ٹاٹھ۔

وونی گیہِ رَژھ کھَنڈ بڈ۔ کرِیوٗس سکوٗل ایڈمِشن۔

اِد۔

بہٕ اوٗسس دوہس فکرِ روزان۔ أندٕری اوٗسم کوڈُر روہ تھان۔ ہرگاہ زٹو وَس زنگو پیٹھہٕ جمپر ووتھِ تھوٚد۔ کانٛہہ مَہ وُچھبس۔

میٚہ ٲس تچھہ لگان۔

وأنِج آسم اَمہِ خیالہٕ کۄ رنہٕ یِوان۔یِی سونچان سونچان آسہٕ زٕ بجان۔

بہٕ اوسُس سکوٗل گیٹس پیٛٹھ واتان۔

یُتھے گیٹ اوس کھلان۔نالہٕ مَتہٕ اوسَن رَٹان۔

یہٕ تہٕ ٲس دوران یِوان میٚہ ٲس کالرس تچھہ کران۔

تہٕ ٲس لگان وننہٕ

میڈٕ مہٕ لوے میٚہ اَز۔

بہٕ اوسُس پرٕژھان۔کیازِ؟

''بہٕ أۍسس ژھوپہٕ کرِتھ بہِتھ۔تمہٕ لوے۔

میٚہ اوس اُسن ژلان نیرِتھ۔أمِ ہٕندِس اَتھ پوٚ زوَننس پیٛٹھ۔

مأج أۍسس ونان۔میڈم چھَ لایان تمن شُرٕ بن یِمہٕ کھُرِل کرَن۔

شۄ بدار اندازس منٛز أۍسس ونان۔بہٕ أۍسس ژھوپہٕ کرِتھ۔

ہِنکوٚ ہِنکوٚ اَتھوٕ ستیٚ ٲس .. A. B لیکھان زٕ بے حرف لبکِھتھ ٲس

تھچس۔
ونان بہٕ
پتہٕ اوُسس باضے باقیٕ صفہٕ بہٕ پانے لکھان۔
ونچان اوُسس پٔزی پٲٹھی گرٕ ھس نہٕ میڈم لاٹنی۔
بَس اَمہِ پتے اوس گرٕ ھان شرٗع۔لایُن لور بوٚستی۔
کِنَس ہتکیَن، براندس یٮ۪لہِ میڈمہِ کارس اٚس رِگنداں۔
مےٚ کوٚت خوش اوس گرٕ ھان اٚمی سُند پوٚ ژ دِنی۔

تہٕ پتہٕ۔
ہو بہو۔
تی وُنن۔
یہِ میڈم چھِ کلاسس منز ونان۔
پتہٕ وازوانَس رِگندُن تہٕ پتہٕ اٚسس ہنٛدٕ رفاقے پوان۔
اَسہِ آسہٕ باٚ ژن نونہٕ دجہِ لگان۔
ابہٕ جنتی اوُسس ڈُلناوان۔

بختاوارا۔

میانہٕ میٚا کٹا۔

ووتھ۔

بندأچھ کرِتھ أس بتہٕ چمچہٕ رَٹان۔

ہے ہَے۔

کوٚتاہ ونہٕ۔

یژھے راتہٕ کرٚھ ہالگن میٚہ وَنَس۔

زِ

ژٹھو کرٚھ أس۔

میأنی ژٹھو کیٚاہ أس۔

أچھو منز کوٚڈُن أنگھ

أچھن ووتھرُن اوٚش۔

میٚہ ووٚنُس انکل۔

''خو دا کرِ سہل۔ تہٕ رٕ زِ وٹھپک''۔

اوٚ ش ووٕ تھران ووٕ تھران ووٚ نُن۔

سُے دو ہہ۔

بوٚ موار

سوٚ آس فوٚنس پیٹھ گس تام ونان۔ By hook or crook

engagement کا ٹارگیٹ بڑی عید کے بعد ہے۔

وٕ ژِس مژٕ بوزمیٚہ،

میٚہ دیُت شہ ڈُلتھ۔

شاید

ٲسُرمیٚہ سو غلطی۔

کاش

میٚہ آسیا تَس پرٕ ژھمُت۔

Target گس چھےٚ engagement تہٕ کیاٚ زِ چھُ

آ۔ گوٚبراہ۔

بوٚ موار۔

ژٲمۍ دوہہٕ آیہِ نہٕ رٔٹو واپس۔ پتہٕ زانٛہہ تہِ۔

تِکیازِ سوٲس بڈٕ گٔمژ۔ تمہِ اوس کھاندار، وٲریوٗ پانے ژھونٛڈ مُت۔ میٚیہ نِش ٲس ترٛژہے۔ سُہ جامدار فراک لٲرِگتھ۔

رٔٹو۔

تمہِ دیٚت پانس دونٛکھہٕ۔

بہٕ کیٛاہ۔

بےٚ سَتھ مول۔

بہٕ کیاہ کرہا۔

فقط رودُم جگرس للہٕ وُن دود۔



# اوٚش

تمہِ دوہہ اوس اَسمان تہِ عُجیب قصہٕ باوان۔

رۄٗدٕ راٹھ واٚجن۔

رۄٗدٕ راٹھِ ہنز آواز یُتھُے میانہٕ گنوہٕ ز۔

یکبار پیوٚ ومیٚہ یاداَسہِ چھُنہٕ ووٚنی زانہہ بیٚیہِ سمکھُن۔

سُہ دوہہ اوس سانہِ خاطرٕ سبٹھاہ عُظیم۔

اَڈی پیٹھی اورٕ یورتہٕ اڈبن آسہٕ اَچھ درَس لجمٕژ۔

خوشی ہُند دوہہ اوسا کِنہٕ غمُک دوہہ۔

یہِ وُنن اوس مُشکل۔

وَق اوس غنیمتھ۔ بہٕ اوُسس رووُمت۔

میٚہ اوسنہٕ حال ہوشی کانہہ۔

سرٕ وُکلِس تل بیوٗٹھُس۔

یمن تروٚہن ؤریَن اوسنم أمی سوچھ کوٚزمُت۔ یہِ سرٕ وُکل بڈیو میٚہ ٔستی ٔستی۔ میانِہن أچھَن بروٗنٹھٕ کنہِ۔ أمی اوس میٚہ شہلتگ بجر واتنووُمت۔ میٚہ کِتھٕ گرِ ہامٔشِتھ۔

یہِ کُل تہِ بےٚ واے پأٹھی۔ ژھوٚپی آلو۔ دِوان۔

میانہِ راوٕنک راوَن دودللوان۔

ہُپأری ووہن کُمی تام۔

نیرو۔

بہٕ گوس ژٕہتھ۔

میٚہ اوس قسم کوٚرمُت۔

## زرین زخم

زِ

نیران نیران دِمنہٕ بہٕ پۆت نظر۔ درواز دژ ایہِ سأری۔

زہٕ ٹھ سڑک أس۔

بژ ۆ ٹہہ اوس ترٛ ووٚت۔

اڈٕ بن اوس دٕ چھِنہٕ تہٕ اڈٕ بن کھوٕری گرٛ ژھن۔ اتھ موڈس پیٹھ یام وأتی۔

فیروزس (میأنس دوستس) دوراپہِ اوٚ ش وسان۔

میٚہ پرٛ ژھس۔

''ودان کیاٚ زِ چھُکھ''۔

جواب دِنہٕ بجایہِ ووٚ نُن۔

''ژٕ تہِ ہے سہٕ اوٚ ش چھُکھ ہاران۔

یُس جگرس ترٛ ٹلہٕ''۔

میٚہ گیہِ ژھوپہٕ۔

آنتہٕ روٚ سی سوال رٕ ۆ دی میٚہ جواب روٚ س۔

تۂ

وۂنی۔

یہِ وَتھ پکۂ ناوِم خبر گتھ منزلس گُن۔



# 1948

مۍ۪ہ أس سأرسے پانٔس تھرٕ تھرٕ۔ أندری اوٗسس زن گۆلمُت۔

ؤنی کیاہ بنہِ۔ یہ اوس شۆٹھس زندگی ہُند گوڈنیک انٹرویو۔

صُبحأ ئے دڑ اس بہٕ۔

اوٚت وأتتھ چھُس لگہٕ ارساتھ وُچھان۔ سأری لڑکہٕ کورِ گیٹس پیٚٹھ۔ یم سأری وُچھتھ گیہِ مۍ۪ہ زیادے پریشأنی۔

أتھی جمہٕ گٔٹس منز پیٚیہِ مۍ۪ہ أکس نفرس کُن نظر۔ وانہٕ پیٚنجہِ پیٚٹھ بہتھ پشتاوان۔ بُتھہِ اوس جان۔

## زریں زخم

سفاری سوٗٹ لاٲگتھ۔

یہٕ آسہِ پنٛنس نیٚچوس یا کورِستی آمٕت۔ مےٚ سوٗنچ أندری۔

تہٕ

یِم لرٛکہٕ کورِ آسن أڈی پنٕن قسمت ازماوِنہِ آمتی۔ تہٕ أڈی آسن مجبوٗری

سببہٕ آمتی۔

ییٚلہِ ڈگری کرِتھ مُجہِ ووٗنٹ ہیوٗ وییٚکار چھُ آسان سُہ چھُ پنٛنس پانس تہِ

گو بان۔ اِدٕ چھنہٕ باقیٖ گرِکین بأڑن ہنز گژھے۔

أتھی منٛز ودٛاو اکھ نفر فارم ہیٚتھ۔

دوٚپُن۔

انٹرویوٗ یمن دِیُن چھُ تِم برٕن فارم۔

میٚہ دوٚپ أندری کنی۔ یہٕ گیہِ پرائیوٹ نوکری اَتھ تہِ چھُ فارم برُن۔

مجبوٗری چھےٚ کرناوان کیاہ کیاہ مجبوٗر فردس۔

خاٲر۔

# زریں زخم

بہٕ درویوس فارم رٹنہِ تہٕ میٚہ بروٗنٹھہ دورگمٕ تام اتھہٕ۔

کھوٗوُرکُن وُچھ میٚہ۔

اَتہِ یُہوے سفاری سوٗٹہٕ وول نفر۔ أمؠ روٚٹ فارم۔ چنٛدٕ منٛزٕ کوٚڈُن قلم تہٕ بیوٚٹھ یہِ لیکھنہِ۔

أتھؠ آسہٕ اَتھ تمام ہوٕ دٕہ ہُرِ لبکھنہِ۔ اچانک پیٚیہِ میٚہ أمؠ سٕندِس فارمَس کُن نظر۔

بہٕ گوس تربن تہٕ تروہن منٛز۔

سوچُن کوٚرُم بند۔

تِکیازِ۔

میٚہ اوس پننوٕ پریشانٔیو نال ووٚ لمُت۔ انٹرویو باپتھ چھِ وارِ پتہٕ وارِ ناو بُلا وان۔

میٚہ روٗز أمِس نفرس کُن گل۔ أمؠ سُند ناوٗ ووٚ تھ تہٕ یہِ ژاوٗ۔

داہ منٹ گیہِ تہٕ یہِ دژاو۔

# زرین زخم

دیوارس ستی اوسن پنُن سائیکل تھوومُت۔ دۄردۄرتام روزِ میانہِ نظرِ أمِس مُدأئے گنڈِتھ۔

میٚہ تہِ گوٚ وانٹرویو زبَر۔ دویمہِ دوہہِ صُبحس ووت فون ژ چھُکھ Select گوٚمُت۔

خأر۔

ۄنی لوٚگُس بہ تہِ نوکری پتہٕ کیاہ گوٚ پرائیوٹ نوکری یِی زن چھَ۔ توتہِ گوٚ ووأنجہِ دأدِس روہنہٕ ژیوٹ۔

بیٚیہِ گرٕھن پنٕنی کم کاسہٕ حاجت پوٗرٕ۔ بہ تہِ گوس ملأزمَن منٛز شأمل۔ دوہہ چھِ گذران۔ پانہٕ تہِ چھُس پران سکوٗل تہِ چھُس گرٕھان۔

مگر سُہ سفاری سوٗٹہٕ وول گوم نہٕ زانہہ تہِ نظرِ ییمی میٚہ ستی انٹرویو دژے یو۔

ییمی میأنِس ذہنَس منٛز بےٚ شمار سوال ووتلأوِمتی أسی۔ تہٕ میأنِس زہہنس تلاطم تُلمُت اوس۔

# زریں زخم

یمو سوالو کوٚ رُس بہٕ گیر۔ پرٛتھ أکِس نِش گوس۔ مگر مُطمین چھُس نہٕ سپدان۔

خاأر۔

أکی بزرگن دیُت نم أکِس نفرٕ سُند ابڈ رس۔

دوٚپُن۔

تٔسی نِش نیری جواب۔

سُہ چھُ جوابوٚ ستیٚ لاجواب کران۔ کاغذ تِلمہِ پیٹھ دیُتُن أمی سُند ابڈ رس لیکھِتھ۔

شامَس یُتھے بہٕ سکوٗل پیٹھٕ آس تہٕ گوس پَے پَے کڈان۔

تہٕ مگر۔

اَتہِ وُچھُم دروازس کلُف۔

أکی لڑکن ووٚ نَم۔

ژِ گس چھُکھ ژھانڈ ان؟

میٚہ ووٚنُس یم کتہِ۔

دوٚپُن۔

سُہ چھُ اوٗری گوٚمُت۔

ولہٕ بہٕ مژراوے کلُف۔ کوٗنز چھےٚ اَسی ہٕنش۔

بہٕ ژاس۔

دوٚپُن۔

سُہ آسہِ پکان۔

اَتھی منز آیہِ نفر ژوٚمرٕ۔

اَکِس اوس سفید خان ڈرس لاٗگِتھ بیٚیس کرٕیہُن اچکن تہٕ اَتھس کنبتھ لوٗر۔ بیٚاکھ اوس سکھ ماڈٔرن باسان Blue Jeans پتلون لاٗگِتھ۔

تہٕ بیٚاکھاوس عجیب غریب مَس تھاٗوِتھ۔ اَتھ گُٹھس منزٕ چھ میٚہ نوٗوٗے عالم۔ اکہِ طرفہٕ کتابہٕ الکہٕ ماٗری۔

# زریں زخم

صندوٗق، اُتی گلمِس تہٕ اَتھ منٛز قلم۔
تہٕ صندوٗقس پٮ۪ٹھ کتابہٕ بێیہٕ طرفہٕ بانہٕ بیترٕ۔

تہٕ

بێیہٕ طرفہٕ کِلس تمام پلَو اویزان۔ مێیہٕ پێیہٕ اٚکس لبہٕ گٔن نظر۔
اَتہٕ پرانہٕ زمانٕچ گر۔
یَتھ گنٹٕی چھِ گرٕ ھان۔
خان ڈرس لاٚ گتھ نفر ووٚ تھ۔
دوٚپُن۔
توٚہی وِچھِو ریڈیو چھُ وٲن داتُک Jeans پتلون لاٚ گتھ نفرن وون۔
یہِ چھُ اَکھ سادٕ نفر۔ اٚمس چھُنہٕ پروٚن تہٕ نوٚ وآسنُک غم۔
یہِ چھُ اَکھ Realistic انسان۔
گرِ گیہِ بڈ گنٹی۔
ٹن ٹن۔

# زریں زخم

أمی پتلون لأ ِ گتھ نفرن کڈ ووٹھ۔ باقیو ترووس اُسن۔

میہ گیہِ ؤری وادأمِس ستی ووتھان بہان۔

أسی چھِ لوکچارِ کی دوس۔ یہِ چھُنہٕ سُہ انسان۔ یُس پننۍ اصوٗل قوربان کرِ۔

بیٚیہِ چھِ اَکھ بڈ گتھ۔ مرد گژھہ زنہِ بروٗنہہ مرُن۔

پتہٕ چھُ لگان دگن تہٕ درٛسَن یہِ شرف چھُ زنانہِ کیٚاہ تام۔

شُربن بروٗنہہ گنہِ چھِ پننِس بأژَس وبقار تھاوان برقرار۔

أمی ہندبن اصوٗلن گیہِ چھلہٕ چھانگر۔

Jeans پتلوٗن وول نفرۍ دونان۔

میہ گوٚ وسورُے کلہٕ پیٚٹھی۔ أمی ہنزٕ اَکھ گتھ تہِ ترٛنہٕ مےٚ فکرِ۔

أتھی منز گیہِ ژاس تہٕ سفاری سوٗٹ لأ ِ گتھ نفر ژاوٗ اندر یہِ اوس سُے نفر یُس مےٚ انٹرویو دوہہٕ وُچھمُت اوس۔ تیٚمی میأنِس زہنس اندر بےٚ شمار سوال ووتلأوٕمتی أسی۔ یہٕ گوس أندری خوش۔ سوال ووتلاوَن وول اوس مےٚ ووٚنی

جواب دِنہٕ خاطرٕ برۄٚ ٹھہ گنہِ۔

یہِ بیوٗٹھ۔

وۄنُن۔

از چھُنۆ وپۆ ژھ آمُت۔

گۆبُر کتہِ پیٹھہٕ آمُت؟

میٚہ وۄنُس۔

نزدیک پیٹھے۔

اِدٕلِس۔

چاۓنٕ سَتھ پۆشنی چائٕنس ماٗلِس۔

Jeans پتلون وألی وۄنُس ژٕ کتہِ اوسُکھ۔

دوپنَس۔

سائیکلس اُس چین بون ۄژھمٕژ۔

یہاۓ دوپُم شیر ناوٕ۔

ہتا ماسٹرے چھُکھ تہٕ پانے شپر زِہا۔

او ماسٹر!

مےٚ زندگی ہنز چینہِ کھُرناوآمٕژ تہٕ ماسٹر چھُ تم ناوٕ تھوومُت۔

گوٚ براہ۔

دپان یہِ اوس أکِس نفرس نیچٕو۔ أمی وُچھ دارِ کنۍ گُلِس پپٕھ کاو۔

أمی ووٚن کاوٕ''۔

مائلی لوگ وازوان۔ اَتھ کتھِ پپٕھ زِ نیچٕوس آیم زو۔

وٕنۍ گوٚ ویہوے مول بُڈٕ۔

أمی ووٚن۔

نیچٕوس گُلبن پپٕھ ہا کاو ہِتھ۔

دوپنَس

کولہٕ بُڈتھ چھُکھ برینٹھیومُت۔

کاونے آسَن۔ اِدٕ کیاہ آسہِ۔

## زرین زخم

اَمہِ کتھِہ ہُند تھاؤ زِ خیال۔

میانہِ نظرِ گیہِ بون گُن ۔

ۂستی دوپُن ۔

چائٕنس مائٕلس اٗسن چانٕن شانٕن پیٹھ تعبٕ دس نگھ دیُٛن نصیب ۔

میہ ووٚ نُس اِدتیٚلہِ دِیو میہ رخصت ازدژ ایہ میانہِ کتھِ گیٚنی۔

بہٕ گوس اٗمی ۂندِس فلسفس منٛز بند۔

آ۔

یہٕ اوس سُے نفر۔

تیمی انٹرویو دوہہ پٔنُن .D.O.B 1948 لیُکھ۔



## تَھپھ"

تَس اُس بتھِس پیٹھ عجیب مسرت سوٲس نبرٕ پیٹھٕ کُنہِ حال آمُت۔ میٚہ وُچھ ازٕ۔

میٚہ اوسُے سَکھ لول آمُت۔ میٚہ ووٚنُس۔

دوٚپُن

میٚہ تہٕ ہے چھُ لول یِوان۔ تہٕ وُنی کیاہ کرٕ۔ یہِ اُس بچہ پلوَن تَھہ کران۔ مگر اَسی یمہٕ لڑکہٕ پلوَ۔ اَمی تھاوِ یمہٕ بندتہٕ آیہِ میٚہ نِش۔

دوٚپُن۔

''ژٕ ے چھیٚیہٕ پَے ۔ تیتہٕ چھُ میٚہ تیٚتھ ٹکھ پھوان گشیرٕ ہُند دِل چھُم

پھٹنس یِوان گرٛھنہٕ گُنہٕ کأشر گتھ''۔

تَس ہنزَن أچھن منزٕ أس کوس تام خوشی پرٛزلان۔

میٚہ پرٛژُھس۔'بازلہ کتہٕ''۔

دوٚپُن۔ٹھأربہٕ اَنتے''۔میٚہ أس یہٕ تَمہٕ ساتہٕ وُچھمٕژ ییٚلہِ یہٕ زالیہٕ۔تَمہٕ

وزِ أس اکہِ رٕچ۔

میٚہ دوٚپُس۔

یہٕ چھَنہٕ ژٕ ے ہِش اَکھ رَژھ تہٕ نہٕ۔

دوٚپُن نَہ

تِمنٕے ہِش۔یہِ أس واریاہ آباد۔گرِکین اوسُس اَکھ ہمسوس دوٗرأس

أنجمٕژ۔

کوٗرٕ کرٛتہٕ بجاہ آسہِ توتہٕ چھِ پننِس مألِس ماجہِ کورٕہنز فکر آسان۔

میٚہ ہیوٚت نیرُن۔

دوٚپُن۔

ستوٗ وُہمہِ چھُ میٚہ آپریشن۔ میٚہ ووٚنُس۔ بہٕ وأژس۔

ستوٗ وُہہ صُبحس ووت میٚہ فون۔ دوٚپُھ عصمتس زایہِ کوٗر۔

بہٕ گیَس ہسپتال اَتہِ وُچھُم عجیب ماحول۔ أمی سنز موج لوتی۔

دوٚپُن۔

کوٗر زایَس۔

میٚہ ووٚنُس۔

میٚہ بوٗز۔

بہٕ چَپس منزِلِس کُن اَتہِ أس تیزٕ خوٗبصورت کورِ بچہِ، زنہٕ آفتابُک ٹُکرٕ۔

گوٗلأبی وُٹھ بلی أچھی۔ خاص پننہِ ماجہِ ہِش۔

یِیلہِ میٚہ پننہِ ماہترِی بینہِ کُن نظر ترأوِیہِ أس أچھو کنہٕ روٗدتراوان۔

بہٕ گیَس حأران۔ اَما۔

# زریں زخم

أمِس کیاہ گۅ و۔

أمی ہنزِ ماجہِ وون۔

یہِ چھِ ودان کۄرز بٔنس پیٹھ۔

کمی تام وۄ نُس ژٕ ہے بجا چھکھ پننس ہاکس بتس۔

اِد زایہِ کۄر۔

کۄر آسان ماجہِ ہنز آبہٕ نأر۔

میٚہ وۄ نُس۔

میٚہ زایہِ نٔے ترٚے کورِ۔

ماجہِ وۄ نُس۔

یہِ کوس بڈ بالہٕ أس۔

یہِ تہٕ ہے بنیہِ کورِ موج۔

میٚہ وۄ نُس۔

نٚچوی ہٕے کڈان رنڈِ۔ تہٕ أڈٕ أڈٕ۔

أمی وون لوتی۔

نچو ،زبنہٕ ستی آسان ماجہِ وأروِس منز تھچھ۔

أمی سُند یتے یوت وُنن میٚہ پھٹٕ ترٕ گنڈی۔

أجس سونچنہِ۔



# سوال

تَمہِ دُہٕک سٕہ حسین اِساس اوسُم یہِ سورُے وبتراونَس حوصلہٕ دِوان۔
مگر۔۔۔

مبہٕ رٕکتھہٕ آسہِ منظوٗ راز۔۔۔

سُہ احساس۔

تیٚمی احساسن بہٕ بالغ گرٕنس۔

بہٕ اَتھ احساس ناوِدمہٕ، رِکنہٕ اَکھ گوٚب تلخ تجربہٕ۔

# زریں زخم

میٚیہ کرنو و پانے پان اکہٕ نوِ داد ٹیک آغاز۔

یہٕ کیٚاہ۔

واوٕ رنگاہ اوسہٕ۔ دارِ پیٹھ گوٚ واویزان۔

ژوٚل وننہٕ روٗس۔

یہٕ أس دگ۔ وأنجہٕ ہنز دَگ۔

یوٚسہٕ دَگ للہٕ وُنی رۄز۔

تَمہٕ رٕشتٕچ دَگ۔ یُس رشتہٕ نہٕ میٚیہ پانہٕ بنوو۔ یُس تٔمی بنوو۔

یُس از ہیرِ کنہٕ ژھوپہٕ گٔرِتھ چھُ۔ میٚیہ گُن تھرٕ گٔرِتھ ہٕتھ۔ گنڈتہٕ اوس نہٕ ڈیٚول۔

پَن تہٕ اوس نہٕ اوم۔ دوزاوس۔

تیٚلہٕ کیازِ

ژھیوٚن پَن؟

تٔمی کڈی میٚیہ گل بار بار۔

# زریں زخم

رشتہٕ بناونس پیٹھ گرنَس مجبوٗر۔

میائی دِلن کھیٚیہِ ووڈھ۔

صدا گوم کنَن۔

خبر۔

آسہِ مہ پہوے غمخار۔

ژاپہِ مہ۔ تہٕم ستم۔ یم کٹڑری زمانَن ہأوی نَم۔

تَس راہ کھاٲن تہٕ چھُ غلط۔

میٚہ تہٕ گوٚو شوق تٔمی سِندِ رشتُک

اِد۔۔

گوناہ تہٕ کیٚاہ گوٚو۔

آتھوارٲس۔

سُلہِ صحائے درایَس بہٕ گرٕ۔ اَسمان تہٕ اوس عجیب گون گوٚ ان۔

موٚ دُرتاپھ۔

# زرِیں زخم

سٕنٛدِ سیٚو داوسُم باس دِوان۔

تَس تہٕ ءکرِ شاٗدی آ س۔

جاناوارن ہُند ہجوٗم میٚہ ہمراہ پکان۔ زَن آسی گُنہٕ خاص جایہٕ سالس درائمتی۔

موسَمَن پھیوٗر رُتھ۔

ؤنی لوگُن ہوا۔

ہوالوگُن کیاہ۔

ٹاسرٕ ہارے ئُج۔

میأنِس دِلس۔ میأنِس وجوٗدس یہٕ موسم اوسُم روخ بدلاوان۔ میأنِس وجوٗدس احساس گنزراوان۔

تٔمی سٕندِ آسنُک

نَب تہٕ اوس بےٚ شوٗنکی پاٗٹھی ونان۔

مرحبا۔

# زرِیں زخم

وائے ۔ سُہ وَق ۔ اوس تیٚوٗت بجا ۔ خأر ۔

دۄرِ وُچھُم ۔ تتھٕ موڈس پٮ۪ٹھ ۔ بہٕ چھُس لوتہٕ لوتہٕ قدم اَمِس کُن

تراوان ۔

یہِ چھُ شرارت ہۆت میٚہ کُن وُچھان ۔

صاف ونان جَل پکھ ۔

اَمِس جکھ کھالنہٕ باپتھ ، ئُجس بیٚیہِ ہَنہ لوتہٕ پکنہ ۔

یہِ چھُ نرٕ وٕٹتھ میٚہ کُن وُچھان ۔

تہٕ لۆگ اسنہِ ۔ میٚہ اوس اَمۍ سُند اَسُن تیٚوٗت خوش گژھان ۔

بہٕ اَسس پراران آسان اَمۍ سٕندِس اَسنَس ۔

میٚہ لوگ وٕنی تیز پکُن ۔ پھیکِن پٮ۪ٹھ میون ڈُپٹہٕ چھُ ہوہَس منٛزٕ نژان ۔

ییمہٕ لونچہِ چھِ وُڈوکران ۔

نزدیک وأتتھ ۔

گرأمۍ میٚہ اَتھس تھپھ ۔

# زریں زخم

چھِ پکان۔

میٚہ اَسی اکثر اَمس وُچھِتھ اچھر راوان۔

اَکِس حسین جایہِ ٹھہروواَسہِ قدم۔

پیٹھی۔

موسم تہٕ اوس نُوی ٔتھی ہاوان۔

گراتا پھ تہٕ گرا ہوا۔یہِ جائے اَس تیژ خوبصورت۔میٚہ گوٚ وخوش اَتھ جایہِ بہُن۔

اکِہ اٹھِ کوتر گرایہِ ماران،بێیہِ انہٕ یم کوہ تہٕ بال۔

خوٚبصورت صدخوٚبصورت۔

یہِ چھُ میٚہ ستی گتھ گتھ کران۔

بہٕ چھُس اِل تہٕ نہٕ ہس منٛز جواب دِوان۔

میٚہ اَس اَمی سنز تیژ شفقت بہٕ ہیکہٕ لفظن منٛز بیان کرِتھ۔ یکبار ژول میانیو اَچھو منٛز اوٚش نیرِتھ۔

# زریں زخم

یِہ ووٚ تھ تھوٚ دووتھرُن میون اوٚ ش۔

تہٕ دوٚپُن۔

ژٕ کُس غم چھُے ماران۔

ژٕ چھے رائے۔ بہٕ ژل ژے نِش دوٗر۔

میٚہ نہَ وون اِل تہٕ نہَ نہَ۔ میأنی ژھو پہٕ ژ ئنۍ ٲمی۔

أمی روٚٹ میون اتھہٕ۔

پتھٕ دون اَتھن منز۔

تہٕ

دوٚپُن۔

یِہ رشتہٕ چھُ میٚہ سمجھمُت۔

ژٕ کیازِ گئے غلطی سمجھنس منز

ژٕ وُ چھ۔

بہٕ نباوِ یِہ رشتہٕ وژھ وأنجہِ۔

# زرین زخم

بہٕ دِمے ژے تا حیات ساتھ۔

چون ساتھ ہر گاہ بہٕ تراو۔

تیٚلہِ گژھ نہٕ خوداہ میٚہ صبحُک گاش ہاوُن۔ چاۂنی راۓ چھ کرٕنی چھُ ووٕنی میون فرض۔

بہِ فرض میون گژھ نہٕ مند چھُن۔ دوہ گیہِ گذران۔

تہٕ کاروان گوٚ وِپکان۔

اکہِ دوہ صبحس چھِ اتہِ ساٲری ڈپھرِ کران۔

بہٕ

سیٚدس ہوٚل کرِ کیاہ۔

بہٕ چھُس دوہس پٕنٛنی کاٛم کران۔

یہوۓ دوہ بہِ بجہِ کوٚر کھ میٚہ ناد۔ آفِس والو۔

اتہِ چھِ ژور نفر بہتھ۔

تہٕ اکہِ کوٚز درواز بند۔ بہٕ بہناوٕنس کُرسی پیٚٹھ۔

اکہِ پتہٕ اکہِ چھِ یمہٕ سوال کران۔

گوڈنیُک سوال۔؟

ژیہِ کران چھکھ کیاہ تہِ چھہ جان؟

میون جواب۔صاف لفظن منز ؤنومیہ کیاہ چھُ کوٚرمُت۔

رِکھینہٕ۔یہِ زَن وون اَسہِ۔

اَمہِ پتہٕ تمہٕ سوال۔

میہ دوٚپ۔

چاہ گرِژھہ آسُن۔بہٕ وسہٕ ہأتھی منز۔

آفسہٕ منز یتھُے بہٕ درایَس۔سُہ اوس نبرٕ کنہِ۔

اَسان۔

سُہ اوساہٕ ہنزٕ بےٚ عقلی پیٹھ اَسان رِکنہ۔

میانہِ بےٚ بسی پیٹھ،

وارِیاہ کألی ترُم فکرِ،

أندٕ رئ سۆنچُم۔
میٚہ گرٕ غلطی زِیور آیٖس۔

ییٚمہِ پتھرِ ہند بن لۆکن ہُند ضمیر چھُ مورِد۔
یہِ ہُشیار کرِنکِس با پارس منٛز لۆگ میأنِس دامنَس داغ۔

تہٕ کۆرُم وعدٕ۔

زِ

ییٚمہِ یور یمہٕ نہٕ یہٕ زانٛہہ تہِ یور۔
تِہُند وُنن گوم نہٕ مُشکل تِمہٕ سُند اُسُن گوم موتہٕ کھوتہٕ سَکھ۔
تِمہٕ مند چھووسانہِ پاک رِشتُک ناو۔



# ”یم چھِنہٕ تم“

بہٕ أٔسس از رأتی راتَس ہُشار۔ لرِ پھِرِنی دِوان۔ صبح پھولنَس پڑاران۔ تِکیا زِ از أٔس آتھوار میٚہ اوس ماتامال گرُھن۔

اَپار پیٚٹھہٕ لأٔیے ممی کرٛ یکھ۔ جل جل لاگ پلَو پتہٕ گرِھہ ژیر۔ میٚہ آونہٕ زچیٚن نال اَتھہِ۔ میٚہ لأ گی نٔوی پلَو۔ آٔنگنہٕ درواز ییٚلہِ درائے۔ نبرٕی سمکھیو أکھ ہمسایے۔

کۆت سہ صبحائے صُبحائے۔ میٚہ وو ٚ نُس بڈ ہٹہِ ماتامال۔ الٲئے ماتامال۔یہِ ماتامال چھُ موٚ دُرتہٕ میوٚٹھ پڑی پاٹھی آسان۔

اَمی وون خوشی سان۔

میٚہ آسی می اکثر پننہِ ماجہِ ہنزٕ کتھہٕ ونان۔

دپان اَسی۔

میانٛی موج ہرگاہ بوزہا میٚہ چھِ کورِ کوٗرزاہرش۔پتہٕ کیاہ خانہٕ ماجر کرہی سو۔ تِکیازِ سوٲس ناحقٕکی شُری رَچھان۔

سانہِ گرِاوس مُسافرتہِ کھبتھ چیتھ نیران۔

ووٚں اَسنہٕ پننین ہنزٕ کتھے۔

سوٲس ہمسایَن ہنزٕ راجہِ ماسہٕ۔وَتہِ لٲجی مبہ می وننہِ یینہٕ تتہِ کھٕرِل کرَکھ۔ میٚہ وونُس نہَ۔بہٕ ییمہٕ لوتہِ پاٹھی۔تتہِ اَسی مامہٕ ہندی شُری میٚہ اوس تمن ستی خوش گژھان گِندُن۔

تہٕ خاَروٲتی۔برس اوس تور بُتھہِ۔میٚہ کوٚرزورٕ ٹھُکھ ٹھُکھ اوہہ اوہہ۔

# زریں زخم

کُس سہٕ چھُو۔ اَتہٕ وژ ایہِ میأنی مائنز۔ وارے چھِو۔ کتھہٕ پأٹھی آیہٕ وٕ۔
یوٗری پیٹھ چھِوٕ آمتی۔

أسی وژ ایہِ
اسہِ چھُ چکرس گرژھن۔
پننہٕ بروٗنہہ کری زِہافون۔
ممی ووٚ نُس۔ اِدٕ باقی چھِنہ۔

اسہِ چھُ سارنے گرژھن۔ گوڈٕ گرِژھہ نہٕ آتھوارِ دوہہ کُن گرژھن۔
آتھوار چھِہ سارنے چھُٹی دوہہ آسان۔ أمی نیوٗ وأکی سے شہس منز
سوٗرے وٕنتھ۔

یہِ چھَنہٕ اَسہِ اندراژنہٕ باپتھ تہِ ونان۔
أسی ژ ایہِ پانے پیٹھی براندس پیٹھ۔ کوٚڈ تھکھ۔
اوٕر وژ ایہِ یہِ کلف ہیتھ۔
میانہِ ماجہِ کرمیہٕ اُتھَس تھچھ۔

سڑکہِ پیٹھ سمکھے تَس ہمسایہِ باے۔

دوپٹس وُنی ہے آیکھ تہٕ درایکھ کیاز۔

میانہِ ماجہِ ووٚ نُس۔پتُن مول موج آسان سلام روٚستے غولام۔

اَمہِ ساعتہٕ توٚرنہٕ میٚہ اٚمی سُندوُن فکرِ۔

تِکیاز

میٚہ اوسنہٕ امیٚک تجربہٕ وتہِ چھِ پکان۔ میأنس اَتھس پیٹھ پیوٚو آبہٕ

ٹیوٚک۔میٚہ دِژہیوٚ رُگن نظرآتہِ اٚس میأنی موج ودان۔

میٚہ دوٚپُس۔

ژِ کیازِ ودان۔

دوٚپُن۔

میٚہ اوس مُشتھ گوٚمُت۔یم چھِنہٕ تم یم میٚہ پٔنی اٚسی۔



# "شادِہُند کیک"

فریٖدنی نِکن تُج کیکہٕ کھٔنڈ اَتھَس کبتھ۔
تَمہِ لأئے تَس کَش کَڈِتھ تھاپیر۔
اورٕ دڑ اوامتیازٕ۔ تُٔمۍ سُند خاندار۔
تُٔمۍ کوٚرُس ستےَ گز اَسمان۔
"دودٕ شُرِس کڈٕتھ ژٕ ے تھاپیر۔ گوٚ ے کیاہ"۔

# زریں زخم

تمہِ وونُن نہٕ اَکھتہٕ نہٕ زٕ۔

ژٕ ے اَسے باوزِنشانٕی تہٕ ژٕ ے کوڑتھ سارسی عیالس راتہٕ پیٹھہٕ دۄ ہہ۔

کمہِ خاطرٕ۔امتیازن وۄ نُس۔

اوٕر درایہِ رٕحت ٹاٹھ۔ہارِکنٕی گس اَس نشانٕی۔

امتیازَن وۄ نُس،فریدنہِ باوزِ۔

''اِدتوَ ے اَس یہِ دل ملول راتہٕ پیٹھہٕ۔

رٕحت ٹاٹھِ کوٚرُس سوال۔امتیازن دیُتُس جواب،اَہانی یہِ چھہِ پیٹھہٕ

فاقے راتہٕ پیٹھہٕ۔

فریدژ ایہِ لوتی اندر۔رٕحت ٹاٹھِ وۄ نُس۔

کیاہ گوم۔گرچہِ کورِاوس نہٕ یِمو پرُژھمُت۔

فریددژ ایہِ دارِکنٕی۔

ہَتے ٹاٹھی خُدایس منگ۔میانہِ باے کاکنہِ تہِ گرژھن باے تتھے پاٹھی

دکہٕ دِنٕی۔

# زرین زخم

دأرگٕرِن بند

تہٕ

لٔج بڈِ ودنہِ۔



# "بہٕ بنہٕ ڈاکٹر"

تمہِ دوہہ اوُسُس بہٕ تَس بڈٕ تجُسس سان پراران۔

أتھی منٛز گوٚ وبرَس ٹھَس ۔ بہٕ گوس یا شاہ گرِتھ تھوٚ دٕ تِھتھ۔

بہِ اوس سرمد۔

میٚہ باسیوو یہِ چھُ دم پھُٹ ہیوٚ و۔ بہٕ کھوژُس۔ ہر گاہ بہٕ پڑ ژھس وجہ میٚہ گوٚ ژھ نہٕ ہیوٚ ربون گرُھن۔ أچھ آسَس ووزجہِ نار ہشہِ ءگمژ۔ کہتام اوس تَس ءستی سپُد مُت ۔ یِم سوال أسِم أندٕ ری گھ کران۔

أتھی منٛز وون أمی ،

# زریں زخم

''میٚہ کوٚرا یڈمیشن''۔

میٚہ ووٚ نُس۔

''مبارک''۔

ءستی ووٚ نُن۔

''پُرتھ چھِ لُکھ سائینسدان، ڈاکٹر بنان مگر انسان کھال کانٛہہ ہرگاہ تجربہ آسہِ گنزراوُن۔

تیٚلہِ گژھہ تتھ سکوٗلس بچہِ تراوُن ییٚتہِ تمام درچِکی لڑکہٕ آسَن۔ زندگی ہُند تجربہ چھُ ہُران۔

تِمن وُچھِتھ چھِ زندگی ہندی بےٚ شمار رنگ وُ چھان۔

اُمِ نیوواُ کرہے شہٕس منٛز سورُے وٕنتھ۔

بہٕ چھُس تِتھ پاٹھی بوزان زن چھُ بوٚڈ فلاسفر میٚہ ءستی کتھ کران۔

مگر میأنی دِلن رچھہِ یِم کتھہِ یکدم تِکیا زِ یِمن اوس معنی۔

تَس ءستی گَتھ کرِنی اُس میٚہ ضرورت ہش باسان۔ تِمی ہِندی تِم تھٕدی

# زریں زخم

خیال أس اَسمانس منز شولہٕ ماران۔

أندٕری اوٗسس سونچان اکہِ دوہہٕ بنہِ یہِ خبر کیاہ۔لو کچہِ وأنسہِ منز تمن کتھن سئَن یمن کُن نہٕ أ ِکس بڈس ظون چھُ پیوان۔

سُہ اوس پرتھ دوہہ شامن سون یتھ ادبَس متعلق کتھ کران۔

میٚہ آسہٕ تم کتھہٕ خوش گژھان یم سُہ کران اوس۔

''أخر کیاہ کرٕ بہٕ''۔

بےٚ بسی سان وون أمی۔

میٚہ ووٚ نُس۔

''تی کر یہِ زِٹھی چھی ونان''۔

دوہہ گیہِ گذران۔سُہ اوس ووٚنی سون کم یِوان۔

اکہِ دوہہ آوٗ۔

میٚہ پرٛژُھس امتحان کرچھے؟

جواب دیُتُن۔

# زریں زخم

''اَکھ زِ ورق چھِم پرِنی وُنہِ The Alchemist ناولہِ ہندی۔ گرِ

پٔتیہِ بےٚ عزتی ژٕ کیازِ چھُکھ وق ضایہِ کران۔

پیٛٹھہٕ

ییٚلہِ اوترٕ سون آو۔ اوٗری نہٕ یوٗری اوس۔

کینٛہہ پرٛ ژھوس۔

واریاہ کالی اوس ونان ''کیاہ'' اِد جواب دِوان۔

ژھوپہٕ دَم گرِتھ کھتام سوٗنچان۔ تُمی سنز ژھوپہٕ أس نہٕ میٚہ ووٚنی برداش

گژھان۔

واریاہ کال گوٚو۔

سُہ اوس نہٕ ووٚنی سون یوٗانی۔

اکہِ دوٚہہ صُبحس دژ اس بہٕ کالج، وَتھ أس لگوٚستی برِتھ۔ زن سرکس تماشہِ

چلان۔

أڈی أسی اَسان تہٕ أڈی اوٚنگج دندس تَل تھأوِتھ پچھتاوان۔

## زرِیں زخم

برۄ ٹھہ وأتِتھ وُچھ میٚہ پھبرن لأ ِگتھ اَکھ۔

زن اوس موٚت۔

ونان۔

بہٕ چھُس ڈاکٹر۔

ڈِسکوکران۔ونان۔

بہٕ چھُس ڈاکٹر۔

یہِ اوس نہٕ کاںٹھہ بیٚا کھ۔ یہ اوس سُے۔

شُراہوُہرلڑکہٕ۔

"سرمدؔ"

یُس پرٛتھ دوہہ شامَس سون اوس یِوان۔



# ژۅرِم

ودنٕچ آواز گیہِ بڈ۔ شاید وأژ Dead Body أنگ آشناوچھِ پان ژٹان۔ لاش ترأوِکھ گُٹھس منز۔ أمِس چھِ کۄرأتھن کھورن موںہِ کران۔

أمی ہسند بن اِرسرن پۍٹھ دِژلۄکوودن کرہکٕہ۔

میت ژأنِکھ سرٛانس۔ تہٕ آنگن، کٕنی کۆڈکھ توبۄدٕ۔ أمی ہنز کۄرؤ ژھ یکدم، أمی گرتوبۄ دس اکہِ طرفہٕ تھٕچھ۔

دوٚپُن۔

# زریں زخم

یہِ چھُو وأرِٹ روٚس۔

ہےٚ چھَس أمِس نچو۔ میٚہ دِیو أمی سُند شوق پوٗرٕ کرنہٕ۔ سارنی زنانَن تہٕ مردن ہنزٕ أچھ گیہِ پرُنم۔

خأرموٚ ہنزی آے واپس مقبرٕ پیٹھٕ۔

فاتحہ تھووُ کھٔنڈرٕ روار۔ یمن ماجہِ کور بن چھِ سأری دِلاسہٕ دِوان۔

زٕ دوہ ہہ سپدییے۔

ؤنی چھِ یم۔ فاتحہ دُہچ تیأری کران۔

وازس، پجُس کانڈرس دیتکھ آڈر۔ بوٚڈ سایئبان آو دِنہٕ۔ قالینہٕ آے تراونہٕ۔

یُتھے ہےٚ سایئبانس منز ژایَس اَتہِ وُچھِ میٚہ زنانہٕ پأراو گرِتھ۔ سونہٕ تہٕ جوٚرمُت پان۔ ہےٚ روٗزٕس وُچھان۔

اَکھ زنان أس سَکھ ودان۔ أمِس اوس اوٚش گردِنی کِنی وسان۔ خبر شاید أس یہِ قریبی أشناوٕ باے یمن۔ سَکھ ژُکھ باسیوم اوس أمِس۔

# زریں زخم

وٕدٕنس منز اَس ونان۔

'میانہِ راجوٗ' لگیوو ناوس راجہِ بابیو۔ چون راوُن گوٚ وطٕو فان، راجو راجوٗ۔

رَژِھہ کھٔنڈی کرأمی ژھوپہٕ تہٕ أکِس کورِ کوٚرُن آلو۔

دوٚپنَس۔

دوٚ کھٕتُل وٕنی کتہِ تھوٚوُتھ۔

ییٚنے راورکھ۔ جمہٕ گٕٹس منز۔ أمِس اوس اتھس کبتھ۔ امہِ دیُٹس۔

خبر گس کوٚرن آلو۔

دوٚپنَس۔

یہٕے اوٗنے أمِس وأری وٕو۔ میٚہ کوٚرقیاس یہِ گرِژھہ أمِس کوٗر آسنی۔

اَمہِ زنانہِ کوٚڈیہِ ڈبہٕ منز۔ اتھ منز اوس دوٗر۔ اَمہِ زنانہِ تُل اتَھس کبتھ تہٕ چھےٚ

وُچھان۔ دوٚپنَس۔

یہِ ہے آسہِ سونہٕ تولَس۔

اَہنی بیٚنی ژھانڈُن چھُکھے۔

# زرین زخم

أمِس ہے چھےٚ وأروبن خدایَن یأری کرٕمژ۔

میٚہ ذٕچھِنٕ کنٕ وۄ ننَس اکہِ زَنہِ۔نوش چھیٚہ یےٚ ٹھیک۔

أمۍ دیُتُس جواب۔

جان چھُ ینٕز پنُن پان۔بڈٕ بلائے ییٚنَس۔کیٚل چھُس میانہِ کورِ ہُند۔

میٚہ دوٚپ ودنَس منز أس یہِ ونان کأنسہِ ہُند بتھ چھُ غنیمَتھ تہٕ ووٕنی یہِ غأبتھ نوشہِ ہنز۔

پۆز چھا؟ ہُہ رٕنہٕ یہِ۔

ڈرٛیس لأ گی لأ گی زنانہٕ آسہٕ تھگہٕ تھگہٕ ودان۔یہِ وُنن اوس ناممکن۔

کُس چھُ پزٕی پأٹھی تہٕ کُس چھُ اپزٕی پأٹھی ودان۔

زنہِ چھہ دون جایَن پان ژٹان۔تہٕ پان ژٕٹتھ۔واژ وان کھوٚان۔

اکھ چھِ کھانٛدرن منز۔تہٕ بیٚیہِ موتہٕ وانس پیٚٹھ۔

دۄنوٕنی جایَن ہُند بتہٕ چھُکھ دروٗگ پیوٚان۔

حلوٕ ڈبہٕ تہٕ ژوچہِ رچکھ اَتھن کیتھ۔نُنہٕ چائے أس سماوارن منز

## زرین زخم

گریکان۔وُرِ واز آس دزان۔

أتھۍ منز پیٚیہِ میٚیہ تِمن ماجہِ کوربن گُن نظر، تِمہٕ أکِس کوٚنس منز اَکھ أکی
ٖسندِس پھیکِس پیٹھ کلہٕ تھاٖوِتھ۔شاید پننہِ ینہٕ والہِ پگہُک سونچان۔



# "موٗغل"

سانہِ یێلہِ زانٛہہ تَس ؠنز گتھ أس ووتھان مێہ أس رائے گرٛھان یہِ چھےٚ سوے موٗغل یوسہٕ سون ۆری وادَوپیٹھہٕ چھےٚ یِوان۔ سوے گاڑٕ واجێنز۔

دپان اکہِ دوہہ چھےٚ میأنٛز موج ہُری مێرٕ ؠستی لبَن لِوان أسمٕژ۔ تہٕ بوے چھُ کھوٗکھش کران اوسمُت۔ تَس چھِ برانٛڈٕ داسَس پیٹھ أسمٕژ پھیٖنہٕ کھسان۔ یہٕے موٗغل چھےٚ اَپأری آمٕژ۔ أمی چھُ یہِ کھونہِ تُلِتھ پٕنُن دود چوومُت۔

# زرین زخم

ییٚلہِ سو یِوان چھےٚ اکثر چھےٚ میٚہ ونان، بوے ہرگاہ ژےٚ لایان آسی دپُن گرِژھنس گاڑِ ہانزنہِ ہنز خصلت چھےٚ۔

یہِ چھےٚ زَن اَسہِ ووٗنی گرُکھ بأژ، تِکیازِ یہِ چھےٚ پڑتھ بٹوارِ گاڑِ تراونہِ یِوان۔ منزی دوہہ ییٚلہِ بہٕ گری آسہٕ بہٕ چھَس تَس جیرِ انان۔ منزی چھَس تَس ستی جتہٕ کران۔ موغل ماسے۔ یہِ ہرژنہِ پوٚٹ دِتہٕ میٚہ۔ کُنہِ وِزِ چھَس یاشاہ گرِتھ تَس سُہ کلہِ پیٹھہٕ والان تہٕ پانَس لاگان۔ اَمہِ ساتہٕ چھُ موغلہِ مَس بُتھس پیٹھ جمع گرِژھان۔ کُنہِ وِزِ چھُس سَکھ خشمہٕ کھسان تہٕ منزی چھےٚ میٚہ کُن ونان۔

"وِچھ گاڑِ واجینٛز کیاہ چھبہٕ شوٗبان کنہٕ دوٗر لأ۔ گتھ گژ ایہِ ماران

کأشرِ گاڑ گاڑِ ہا چھَوہٕ ہوو

پنجأبِ گاڑ گاڑِ ہا چھَوہٕ ہو۔

کُنہِ دوہہٕ ییٚلہِ پھوٚت چھُس خأ لی آسان تہٕ تَمہِ دوہہ چھِ تَس تلخ نوٗنہٕ چائے ضروٗر چینٛنی آسان۔ ہرگاہ میٚہ تَس کُن مژر آو۔ تیٚلہِ وَنس میٚہ دِ کلَس

# زرِیں زخم

پھیُر ۔ یانٛی تَس سُند اتھہٕ میانٛس کلَس پیٹھ چھُ پیوان ۔ میٚہ چھہٕ یگ دم ہِنٛدٕر پیوان تہٕ گُنہٕ دوہہ چھہٕ پونسن حساب کرنہٕ بِہان ۔ ترٛےٚ حِصہٕ کران ۔ اَکھ حِصہٕ باپأرس تھوان، بیا کھ کھانٛدارس تہٕ ترٛیِم پانس ژوٗرِ تھوان ۔ أتھی چھس بندِ تہٕ ترٛےٚ چتہٕ ۔ گُنہٕ ساتہٕ چھُس تَس ونان ۔

''موغلی پرمانَن چھےٚ سنگ، پتہٕ چھےٚ ونان ژٕ کرِ چھُ سنگ آسان، بہٕ چھُس ونان ۔ آ ۔ ژٕ کرِ چھُیہٕ سنگھ ۔ پتہٕ چھےٚ ونان مےٚ کرٕ مژی ۔

ییٚلہٕ سو سجادس وِچھان چھےٚ؟ سو چھےٚ تَس منٛد چھان ۔

أسی چھُس ونان، رٕ کھے گوئے یہٕ ہےَ چھُیہٕ نیٚچو، دوٕ نیٚچو ہےَ میٚہ ہے وُچھاو ترٛاوس دفتر منٛز نیران ۔ بیٚیہٕ أسِس افسر جوراہ ستی ۔ بہٕ روٗزٕس گاڑِ پیٚتی کٕنہٕ ژوٗرِ ۔ میٚہ چھُ حیاأمی سُند ۔

اَمی دوہہ شامَس چھُس بہٕ کنویر میگزین پران ۔ اَتھ پیٹھ چھُ أکِس پوٗرِ صفَس پیٹھ کَس تام سُند فوٹو ۔۔۔۔ پھلٕی دار بوٚڈ بالی، أچھَن عانٛگھ تہٕ کأشُر بُرقہٕ لأگتھ ۔

# زرین زخم

اۆ نِنچ دنٛدس تَل۔

زیۆٹھ تہٕ کریۆٹھ فلسفہٕ صاف بُتھس پیٹھ لبنہٕ یوان۔ فونَس گیہِ رِنگ (Ring) بہٕ وُٹھس فون تُلنہِ یۆت کال چھِ ٹوٹھ تہٕ موج اُمؠ سُند فوٹو وِچھان۔ یِموٗ لاٗے میٚہ کرٛبکھ تہٕ دۆ پگھ تلے یہِ پَر۔ اُمؠ سُند کیاہ چھُ لیکھت۔

میٚہ تِتھے پرٛن ہیۆت ٹاٹھی وون،

''یہِ چھےٚ جبہٕ کدٕچ موغل۔ نذیرٕنؠ موج۔ اُمِس چھُ نیچو، غاَب گۆمُت۔ تَس گیہِ واریاہ وُری سہ چھنہٕ کُنہِ اتھہِ لگان''۔

بہٕ ہُجس وُنؠ پرنہِ۔ اُمِس اوس دوٚیو صحاٗفیو اِنٹرویو ہیوٚ تمت۔

یِموٗ اُسیٚ تَس کینٛہہ سوال کٔری متؠ۔

تُمؠ اوس وۆ نمُت میٚہ اوس کُنہِ اُچھ گاش، بجُرک سہارٕہ، اَکھ نیچو، یَس از برابر سداہ وُری گیہِ راٗ وٕمتِس۔ اَمہِ دوہہ چھِ واٗرِی اُسمٕژ۔

شمعس تَل چھِ ہچو تختس پیٹھ ہِتھ دانس پیٹھ بتہٕ رنان اُسمٕژ۔

شبیرن چھُ سوال کۆرمُت،

# زریں زخم

''یوٗت ژٕری کیاہ زِ چھکھ بتہٕ رنان؟۔

جواب چھُنس دیتمُت۔

''گوٚبرا۔ میٚہ کم وأرِو بأژیا گُنہِ عیالَس چھُ بتہٕ کھیوٚن آسان۔ دوہس

چھُس دفتر پتہٕ دفتر پوترس ژھانڈنہِ نیران۔ میٚہ چھِ بڈٕ بڈٕ دفترن منٛز

پننہِ ووندُک بارلوٚ ژراونٕچ کوٗشش کٔرمٕژ۔

ہرگاہ میانہِ راوَن تلیلُک کانٛسہِ پَے لگہِ ہاتیٚلہِ آسہِ ہامیٚہ نیٚچولوٚ بمُت۔ تہٕ

شامَس چھُس یمہٕ بتہٕ میٚچہِ جوراہ اَسَس ژٕھنان۔ بیٚیہٕ یمن کاغذن تھٲ کٔرِتھ

لفافس برِتھ تھاوان۔ پتہٕ چھُم راتَس یمٕنے اَچھن گاش یِوان تہٕ صُبحس حسبہِ

معمول پننہِ کامہِ نیران''۔

شبیر: ''اچھا موجی توٚہہِ کیاہ زِ چھُونہٕ کانٛہہ بیٚیہٕ؟۔

موٗغل: ''بہٕ اَسس مڈل پاس کٔرِتھ سپدیٚمُت تہٕ مأُلی اوسُم کھانٛدر

کوٚرمُت بڈِس گرس اَسس باہ گنٛز آمٕژ۔ تقدیرس اوسُم کھُر۔ تہٕ کھانٛدارس

اَسِم Death گٔمٕژ۔ بیٚیہٕ اوس نہٕ وأری وِ کانٛہہ تہِ۔ مالنہِ گرِ منٛزٕ اسِم اَکھ گنٛز

ییٚنہٕ۔ ترٛےٚ ؤری برٛونہہ گوٚو تَس حادثہٕ، ؤنی چھُم بنتھٕر۔ سُہ ولنہٕ آمُت پٲنٛسن عیالس ستۍ۔

میٚہ کیٛاہ سوچھ کرِ"۔

موغلہِ ہُند یہِ انگریزی لفظ Death ورتاونس پیٹھ اوس شبیرن سوال کوٚرمُت توہہِ، چھُوپوٚرمُت؟

درجواب چھُنس ووٚنمُت۔

"یہِ سوٗزس کھاندارن کھاندرٕ کرِتھ ہائی سکوٗلِ پرنہٕ۔ میٚہ چھُ پانہٕ گھرمہِ پاس کوٚرمُت۔ پتہٕ زام نذیرتہٕ میون پرُن تہِ ووت تتھۍ ستی اند۔"

شبیر چھُ لیکھان۔

تختہٕ پیٹھہٕ ؤژھ یہِ تھوٚد۔ پھٕرنَس دِژن دِنن۔ سپکہٕ دارِ کنی کوٚرُن ہتا جان صاٲبہ۔ تلا مامہٕ کلِس ہہٕ گلچہِ۔ جانہٕ آو دارِ نزدیک۔

موغلہِ وول پچہِ پیٹھہٕ Fevicol Plastic ڈبہٕ اَمہِ مژٕ کڈن دَہہ روپیہِ نیر جل جَل۔ اُتھن روپین دِیٚیہ ژور۔ ژٕ روپیہِ گیٚئے ژےٚ۔ جانن

## زرین زخم

وۄنُس ۔میٚہ دار کھراتھ روپے تہٕ ۔

ہش اِشارن منز وۄننس پرٛژھی چھِ ۔اِد بہٕ دِمے سو روپے تہٕ ۔قرض چھُ چیوٚمُت آبہِ حیات ۔چأنی روپے چھبہٕ دوہس منز چھٲلِتھ ۔

اَسہِ أنِن چائے ۔تہٕ لٔجی وَننہِ ۔

''میٚہ چھُ نذیرنس مالی سُند پینشن تَران ۔ سُہ چھُم یٔڈ ہُند سہارٕ ۔مگر دِلُک قرار چھُمنہٕ اتھہِ یِوان'' ۔

دٔچھِنی پۄ ژِلوٗنٹھ تھاوٕن أچھَن دولہٕ تہٕ چھےٚ وۄدان ۔

میٚہ اوس بی ۔ ایڈ کرنو وُمت ۔ پرنو وُمت لکھنو ومت ۔ ادے لجے یو گورنمنٹ ماشٹر ۔ پیرن فقیرن ، اَستانَن ، ہِندِ ڈیڈِ تل گٔیس ۔ تو پتہٕ چھُمنہٕ اَتھہِ لگان ۔پٔتمہِ ؤرِیہ گٔیس زیارتَس تتہٕ وُچھُم خابَس منز ۔

دوٚ پنٕم موجی ،

''بہٕ آسے گرِ تتہٕ نٔے وِچھمَکھ نہٕ پتہٕ دراس واپس'' ۔

أتی کوٚرُم خدایس کُن دُعا ۔

# زریں زخم

خدایا یہٕ ارمان کرتہٕ پۄر میون۔ مرنہٕ برۄنٛہہ ہاوتَم سُہ زندٕ چھَ کِنہٕ مۄ دمُت۔

میٚہ چھُ پزٕتھ جایہِ پننِن حساس جذبن ہنز باوتھ کرٕنۍ مگر میٚہ رۄ دی پزٕ بتھ جایہِ اَتھہٕ چھینٛژ۔ کُنہِ ساتہٕ چھُم لفظ راوان ہو باسان یمو ستۍ بہٕ پننہِ راون تیٚلیٚک راز وننہٕ ہا۔

شبیرن چھُس سوال کوٚرمُت۔

"دپان توہہِ چھُو عدالتس منز کیس کوٚرمُت؟"

موٗغل: کوٚرکیس۔بیٖ یاٗ ژموج چھسنہٕ یَس نیٚچُو چھُ روومُت۔بلکہِ چھبہ کاٗژاہ ماجہِ یمَن ٹاٹھی اولاد چھِ ژھبنہٕ گمٕتۍ۔

سو چھبہ کنَن دِنَن دِوان اَسہِ زِ 'عدالت وانن نش رٕچھِن خدائے'۔

یم چھِ زٕ صحاٗفی گمٕتۍ تَس نِش۔

شبیر تہٕ شازیہ۔

شازیَن چھُنہٕ کانٛہہ تہِ سوال موغلہِ کوٚرمُت اَمہِ دوہہ۔بٔلکہِ چھُ تَس پۄتُس

# زرین زخم

بێیہ دوہہ خیال آمُت تَس نِش گرٕ ھنگ۔

سوٚ ییٚلہِ بێیہ دوہہ چھےٚ تورٕ گٲمٕژ۔ اَتہِ چھُن تَتہِ برٕس کُلُف وُچھمُت۔ کُس تام ہمسائے چھُ دارِ کِنی اوسمُت۔ تس چھُن پرٕ ژھمُت، ''موٚغل گتہِ؟'' تٔمی چھُس ووٚ نمُت تَس گوٚ واَ کھ ربتھ اَٹھ دوہہ موٚ مِتِس۔ شازیہ چھَ ہے بنگہٕ گٲمٕژ۔

أمی نفرن چھُنَس ووٚ نمُت زِ تَمہِ چھہِ وصیعت کرٕمٕژ زِمیٚہ پتہٕ پرٲری زیوٚ اَ کھوٚ ری نذٕ رس۔ کیاہ خبر۔ میٚہ پتہٕ مابیہِ آرتَس۔ یہِ ماواپس۔۔۔۔ ہرگاہ سُہ آوتیٚلہِ گو جان۔ آونہٕ تیٚلہِ گری زیوٚ یمہٕ مکانہٕ زٕ مٔشیدِ والین حوالہٕ۔

أکِس مکانَس گژھہ درسگاہ بناونہٕ یُن یێتہِ میأنِس رأ وٕ مِتِس قرآن خوان نذرٕس خاطرٕ دُعامنگنہٕ یِیہِ۔

بێیِس مکانَس منز گژھہ لوکٹ موکٹ مدرسہٕ ژ اونہٕ یُن یێتہِ میأنی تہٕ میأنِس ماشٹر نذٕرنی ژھبنہٕ گرٕ ھنگ واقعہ یِیہِ گرٕ گرٕ شرٕ بن بوزناونہٕ۔

شازیَس روٗ دی تمہٕ سوالہٕ سوالے بٔنتھ۔

## زرین زخم

یہِ آس موٗغل یوسہٕ نذٕرس پڑاران آس۔

نہٕ چھُ یِوان نذٕر واپس تہٕ نہٕ روٗز موٗغل زندٕ۔



# تابس چھُ لاب

ٹوکلے ٹاکلے بالٹین لے۔یہِ آواز بۆزتھے دژایہِ اَشہِ بوٗبہٕ دارِ کنۍ ۔۔۔ ہو
۔۔۔ بہن جی آوں۔۔ سوٗے پلَوٕ پھٹیٚژ ہٮ۪تھ وٕ ژۍ یم اَمۍ یَتھ رتٮ۪س ژورِ پانژھ
لَٹہِ یمن بانہٕ واجٮ۪ن ہأو ۔۔۔ کانٛہہ تہِ اوسنہٕ اَمِس یم مَٹۍ ہوان نیٚن ۔۔۔
پیٹھ اَس یہِ یمن خاص گرِتھ لانٛنہٕ مدراپچ سدٕ رہاوان ۔۔۔ گوڈ گرژھن یمن
نۆۍ نۆۍ پلَو آسنۍ ۔۔۔۔۔ ہتہٕ بی بہٕ کتہِ دگہٕ پلَو ۔۔۔۔ یِمے چھوٕ ۔۔۔ یہِ
چھِ یمن ءستۍ دَب دب کران ۔۔۔ موخصر دِژہاسۍ مِسہِ ہُند پتٔلہِ ۔۔۔ یہِ گیہِ

خوش ۔۔۔ بانہٕ واجنہٕ دژایہٕ تہٕ أشہِ بوبہٕ چھَ آنگن منز مِسرس ہاوان۔ دانہٕ کُٹھِس منز ژایہٕ تہٕ دژٕن نوشہِ اَتھہِ ۔۔۔ نوشہٕ رٕٹُس لوتی ۔۔۔ سوٗ اُس شُرہن بتہٕ آپراوان ۔۔۔۔

أشہِ بوبہٕ اُس ترٛوش مگر اُس دِلچ سَکھ صاف ۔۔۔ سوٗ اُس پزٕرچ پگہٕ ۔۔۔ منٛزی منزی اُس پننہٕ نوشہِ شاہدس ستی تیز رکران۔ ووں گوٚ وشاہدس اوس شرارت کم کھسان ۔۔ ۔ نتہٕ ہرگاہ بیاکھ آسہا، تُمی آسہن ہتھ پنچاٹ ترٲوِتی ۔۔۔ سورُے نظر انداز کُرتھ اُس ادے سو باقی بأژن تالہِ پیٹھ ۔۔۔ لالہٕ جنتی اوسُس رچھان مگر منزی چھُس أشہِ بوبے زیر کران ۔۔۔۔ تَس اوس تیُتھ گُدریومُت ۔۔۔ تَس اوس جوان نیٚچوٗ اِدریس شہید گوٚمُت ۔۔۔۔ تتنے اُس پتَھر پیٛمٕژ۔

زانہہ کاٲلی سو مچہٕ کُٹھِس منز آسان چھِ شاہدُن نیچوونہٕ أندرٕ کُس چھُو ۔۔۔ سو چھُس ونان دُکھو کھ ۔۔۔۔ پتہٕ چھُس شاہدے ونان بوبو یہ کیازِ چھکھ ونان۔ دپان چھُس روہہ کھوتہٕ دوہہ باسیووتوہہ بہٕ کھوکھ خاص کُرتھ

چانٛبن شُربن ---از کیتہٕ چھُ نِو پیٛیہ تیوٗت بٔتر ---مالی ہشٕز ماجہِ دِن سوکھ، یِم ہاز چھِ شُری شُربن کیتہٕ چھہٕ پےٚ ---شاہدن ووٚ نُس کھوٗژی کھوٗژی ---ادہٕ بروٗنہہ گٔن وٗنی زیٖچھ پانے ---یہِ مہٕ وٚنومیٛہ چھُ موتہٕ کھوتہٕ سکھ گرٛشان تھٔنٛد یہِ وُنن ،ادہٕ یہٕ چھُس نہٕ ژےٚ توٚت ٹُرناوان تہٕ ترٛن وٗشناوان ---شاہدن ووٗنُس کمہِ منٛز نیران ----بوبہٕ ---ہتے رُکی ختراٗنی ----میٛہ ہےٚ چھُ بییٚتہٕ مہرٕ وُنہِ ----میٛہ چھہٕ تیرٛش ہمتھ ----زنگہِ کرِوو تھٔپھ نبر ژھنوٕ ---پتہٕ یٖہے گوٚ وٕژ چھکھ میٛہ وادٔس وادکران ---وُچھ پدمانٛبن ہنٛز پد چھکھ ونان۔شاہدس ہیوٚ وعلی محمدن اٗچھو ستی ژھوپہٕ کر----

بیٛیہ طرفہٕ اٗسی مسرٕ ٹاٹھِ نوش اورے خدمت کرناوان----تٔس اٗسی نوش بی، اے تٔمی اٗسی تٔم تٔتھی تل تھاوٕمتی ----ژھرے مچہِ چھنہٕ زیادٕ وزان ---تٔس اٗس سوے باٗشی گمٕژ ---اٗشہِ بوبہٕ اٗسی نہٕ تٔس تہٕ لیہزٕ کران----

# زرین زخم

اوترٕ ووٗنٕس ــ ــ یہ چھُس پنٕنہِ وٕتھ میڈل پاس ــ ــ ــ توتہٕ اوسمنہٕ گمنڈ ــ ــ ــ اگر میٚہ نوکری کرٕہٕ آسہا ــ ــ از گژھا بہٕ ہیڈ مسٹرس رٹائر ــ ــ ــ ــ ییٚتہٕ ییٚلہِ ماجہِ بیٚنہِ نبر کُن اٰسی نیران ــ ــ ــ پھبرن اٰسی ژھنان نالی یہِ اوس حیا ــ ــ ــ ژچھکھ کُٹھِس منٛز چلِتھ ہتھ پکان ــ ــ ــ ــ ہیرٕہ بابَس تھی ــ ــ ــ ــ تَس اوس پٕتھ زِ سو چھےٚ بڈٕ بن ہنٛز ــ ــ ــ مسرٕ تہٕ اٰشہِ بوبہٕ اٰس پانٕہٕ وٲنی ببنہِ ہندِ کھوتہٕ ــ ــ یمن اوس اکُے آنگُن ــ ــ ــ مسرِ نی نوش اٰسی کیاہ کیاہ تَس کران ــ ــ ــ توتہِ اٰس سو تَس آنگن منٛز کین ہمسایَن منٛز ییزتھ تھاوان ــ ــ ــ اٰشہِ بوبہٕ اٰسی ونان اکثر مسرس ــ ــ ــ ژےٚ چھتَن نوش نگھَن کھاسٕہٕ ــ ــ ــ وچھ تہٕ میٚہ، میأنی نوش چھےٚ میٚہ کنٹرولس منٛز تھاوٕہٕ ــ ــ ــ یہ چھُس ہٕسر روٗس ــ ــ ــ سرس ستی آسان سرداٗری ــ ــ ــ شُربن پتھ چھیٚہ بروسہٕ ــ ــ ــ ــ یہِ تہِ نےٚ کرتہٕ جائے کتہِ روزبم گھرس منٛز ــ ــ ــ مسرٕ ٹاٹھِ ووٗ نُس ــ ــ ــ ــ یہ ہےٚ چھُس ونان میانہِ ڈٕسی گوٗ ژھُس آرامہٕ واتُن ــ ــ ــ توتہِ چھُس یمنے شُربن کُن لگان۔

بوَن ووٚ نُس ۔۔۔۔شرارتہٕ سان، ؤنی کرنے یم سو چھ، پتہٕ پتہٕ چھِ یم آسان دستور کلچہِ ہو۔۔۔۔مسرٕ ٹاٹھہِ ووٚ نُس ۔۔۔۔میٚہ ہے چھِ یم باداہکی بادام گوٚجر ۔۔۔۔یتھ میٚہ ستیٚ نوش کرِ تیٚتھ لونہِ پانَے ۔۔۔۔اَشہِ بوبن ووٚ نُس ، براندس وسان، کھیٚون گرِ ژھہ دیٚن پولا و مگر اَتھِ چھلُن دیٚن گرُ ہمت۔

علی محمد اوس رتبس کرژی تام پونسہٕ ٹونکی زینان ۔۔۔۔توتہِ اوس تمن گرِ پکان بیٚہ اَسی پیٹی باٗژ کھٚنبس ۔۔۔تَس اَسی پہٕژ براند کٔنی جان ۔۔۔۔راتھ شامس یٚیلہِ علی محمد گرِ آو، تٔمی وُچھ شاہد وان ۔۔۔دوپنَس ۔۔۔۔ژکیاز دل ملول شاہدن ووٚنُس ۔۔۔دپان رگل کدلک اَبہٕ چھُ بیمار۔۔۔توَے چھَس ودان ۔۔۔۔سو اَس مالیُن یژھان گژھن، مگر بوبن دوپُس اَد کوٚت گژھکھ۔

۔۔۔۔علی محمدن ووٚ نُس ولہٕ بہٕ تراوتھ آٹُوس منز ۔۔۔۔شاہدن ٹول سٕہ ۔۔۔ دوپنَس کینہہ چھنہٕ بہٕ گژھہ از پگاہ۔۔۔۔ سو اَس نہٕ فساد

# زرین زخم

یژھان ----

سُلہِ صبحٲے ئژ بوبہٕ مازبن ژھانڈنہِ، شاہدس لاٚگن زورٕ کربکھ ۔ مازن کتہِ ---- میٚہ تھاٚوٲتی خبر کوٚت گیہِ ۔ شاہدن ووٚ ننس ---- ہتے اَپہٕ زاٚری ژےٚ ہے راتھ سوٲمس مسرنہٕ اڑٕ کاورِ نوشہِ پلہٕ ناٚوتھ ---- تَس تہٕ ڈُوونسمسرٕ ٹاٹھہِ بوٚز، سو درایہِ نبری کنی، اَشے کِھے زِ ---- چانہِ ن کیاہ کاٚم ---- سو چھہٕ مچلچ ماڈل

وشہِ ہُند چھس ونان ---- میانہِ نوشہِ ہُند مہ آس کینہ ونان، میٚہ مہٕ تُل فساد گرس ---- از چھہٕ نوش وبس پیوان بناوٕنی، اِدٕ نیران خوشحال دوہہ ---- مسرے ژٕ چھکھے میٚہ بُتھ پھران ---- نوشِ ہندِ خاطرٕ ---- بہٕ نَے ژےٚ ونے وٕنی کینہہ، یٮ۪لہِ ژےٚ نوش ماردی تمہِ وِزِ ونے ---- مسرے لوٚگُے مے ---- بیٚیہٕ تراوے وو پرن ہندی پاٚٹھی اُسن ------

ہوٚپاٚراوس مسرس نیٚچو سکھ اترٲفی ---- تمٮ۪ٲسی تمس تالہِ کنی ژھٹھ کڈمژ ---- مچلس اَس پیٚہ ٲنجمژ ---- موج اَس لتس پھکس وُرن پیٹھ تھاٚوتھ یہِ

# زرین زخم

شرف پنِنس مائِلس ماجہِ آسان ---- تِمی اوس زنانہٕ ہندس جاداَس داو ترووُمُت ---- تَس اَسی موج أندی أندی قرض نکھہٕ والان ---- کنس گن اَ دنہٕ گرکبن پَے تھاوان ---- بیٛلہِ ؤنی تِمی حدتہِ پارکوٚر ---- موج تہِ پھٹٕی تِمی ووٚنُس ---- بہٕ گژھہ ستمس لاگِ تھَس ---- میٛہ ہا گوٚ وسوٚت، ونان تہِ مہ چھَس کانسہِ۔ اِدریس سہ موٗداگُے دوٗ دچھُ اَشس میٛہ تھاؤتھ ژٕ گڈی تہٕ ژٕدی ---- محلس چھےٚ پَے لگژھ ---- ؤنی کرا ش ---- مول تہِ بوزی تہٕ بوے تہِ ---- مول چھُیہِ عزتہٕ وول ----

اکہِ دوہ ووٚنُکھ تَس مسجد منٛز ییتہِ چھُ اَکی سُند نیچوٗ، یُس غلط کارن لوٚگمُت چھُ ---- تَس بچارِس أسی نہٕ پَے یم چھِ تَس ؤٹھی ؤٹھی ونان ---- سدِس ہوٚل کرِ کیاہ، خارِتِمی بوٗزِتہٕ بوٗزِتھ گوٚ وَس ہاٹ دود ظاہر ---- یامال فتنہٕ نتہٕ اولاد فتنہٕ ---- سہ اوس نیچوِس ونان ---- ژٕ وُچھُن علی محمد صُبحس چھُ نیٛران منٛزوٗر مشقت کرِتھ انان زیٛنتھ ---- ژٕ چھُکھ صُبحس گاڈِ لتھ بران تہٕ پنٕنبن عاشن منٛز مشغوٗل آسان۔

# زرین زخم

أشہِ بوبن بۄزسڑکہِ پیٹھ کتہِ تام ـ ـ ـ سو گژھہا مسرٕس نٕش مگر تَس ووت ببہٕ ہُند فون ـ ـ ـ سو گیہِ تۄری تتہِ وُچھن اکہِ طرفہٕ ببہٕ دربستر بێیہِ طرفہٕ ببمہٕ ـ ـ ـ تِمن نہٕ کانٛہہ یُس آبہٕ پیالہٕ وُشنأوِتھ دِیہِ ہگھ ـ ـ ـ أشہِ بوبَن ہیۆت وُدن سٔکھ ـ ـ ـ ببہٕ دوہپنَس ـ ـ ـ توتہِ أسم شاہد یوان، تَس تہِ گۄو واریاہ کال ییِن ہیے ـ ـ أسی أسی دوشوے بأژرأتی راتَس ہُشار، تیٚمس أس راتَس سأرسے پانَس دگ، أسی چھِ پھاگے ـ ـ ـ ـ بوبہٕ وٕژھ أمی کوڑیمن چایہِ پیالہٕ تیار ـ ـ ـ ـ ببہٕ ووٚ نُس ـ ـ ـ توتہِ ہے چھُہَم ژیٚپتی ـ ـ ـ ـ نتہٕ کھمن اَسہِ ہۆنی کانٛسہِ روزِنہٕ خبر ـ ـ ـ بێنہِ گژھہ اوے ببہٕ آسنی ـ ـ ـ ـ

أتھی منز کۆر أمی ہندی بنتھرَن فون مأیلس ـ ـ ـ تَس اوس نیچو، جرمن ـ ـ ـ مأیلی روٚ ٹُس فون ـ ـ ـ سلامہ بندی گرِتھ ـ ـ ـ چھُس مول ونان، وٕنی یِتہٕ واپس ـ ـ ـ ـ شُری تہِ اَنگھ ـ ـ ـ ـ أسی گیہِ گُنی زٕنی ـ ـ ـ اسہِ یِوان لبہٕ کھبہٕ ـ ـ ـ توتہِ لگو شُربن ستی، اسہِ تہِ باسہِ خوشی ـ ـ ـ ـ اورٕ ووٚ ننس تِمی ـ ـ ـ میٚہ ہاپونسہٕ سۆزوی، مأیلی ووٚ نُس ـ ـ ـ اَسہِ چھنہٕ چانہِ روپیہ

# زرین زخم

ضوٚ رتھ۔۔۔ گرٕشوٗ بان بأ ژوٚستی ۔۔۔ واپس ییتھ بہٕو کامہِ کارٕ روٗس مگر سانٮ۪ن نظرن نگھہٕ۔۔۔ أسی آسو موٗدی ہتی مگر کأنسہِ لگنہِ پیٔ ۔۔۔۔ نچو آسان مأیلس ماجہِ بجرٕک سہارٕ ۔۔۔ فون ترأوِتھ چھِ یم دونوے بأ ژودان۔۔۔۔

بوبَن بوٗز درواز نبرٕ سورُی ۔۔۔۔ سو آیہِ یمن چایٔ ہٮ۪تھ ۔۔۔۔ ببہِ ووٗنُس یہِ ہے چھُ فخر آسان کُنہِ وقتس ، ونان لُگن شُری پرنأونبرٕ مبن مُلکن مگر ییٚلہِ وأنس ٹلان تیلہِ پیوان تمن ہنزٕ ضرورت ، ژٕ چھکھ ٹھیک نچو چھُیہِ جان ، نوٚش ، سو چھُیہِ جنتُک ماز دُگل ۔۔۔۔ پننِس گرس منز شُربن ہُند چُرِگش لوِ لَیچھ تہٕ کروٗر۔۔۔۔

أشہِ بوبہٕ ییٚلہِ دژ ایہِ تُمی لأجی چپلی کھوٚش کھوٕری ۔۔۔ وتہِ چھِ سولبَن یوان لاینہٕ ۔۔۔ تَس چھُ اکہِ طرفہٕ مسرُن تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ پننہِ ببہِ ہُند حال یاد یوان ۔۔۔

گرٕ وأتِتھ أسی شأہدڈوان تُمی گری تَس نرِ تھَچھ دوٚ پٮ۪نَس ۔۔۔ کوٗری ۔ رٕٹن نالہٕ متہِ ، اَتھن چھَس بوسہٕ دِوان شاہدن تروٗوس اسُن ۔۔۔

# زریں زخم

دۄپنَس از ووٚ نُتھ اصل زِبہٕ کیٚاہ واتےَ ژٚے۔۔۔نوش نہٕ کیٛنہہ بٔلکہِ

کۄر۔۔۔



# Za'reen Zakham

## Glistening Wounds



Dheeba Nazir is one of the most promising young short story writers in Kashmir today. Her stories are rooted in the soil of Kashmir and not a clever import. She knows the technique of grabbing the reader's attention from her very opening sentence, then holds on to his or her interest to the end, where she deals out a Maupassaant like punch line! She has the skill to create convincing characters, gives them excellent lines to speak and places them in believable situations. Her sensitive, compassionate, unbiased eye sees most of the shades of human nature, giving her stories a richness of texture- a favourite of mine is "Thsaandav".

Prof. Neerja Mattoo





Rs. 250/-

Printed and Published by:

**99 Edit – IT**

Drugjan, Dalgate, Srinagar, Kmr

email:99editit@gmail.com